# کلیاتِ
# عبدالاحد ناظمؔ




ترتیب کار

پروفیسر غلام محمد شادؔ

معاون

موہن لال آشؔ

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز، سرینگر

ناشِر

سیکریٹری جموّں اینڈ کشمیر اکادمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

کِتابت

غلام حسن

چھاپ

جے، کے آفسیٹ پرنٹرز دہلی

تیداد

پانٛژھ ہتھ

موٗل

# عرضِ ناشر

عبدالاحد ناظم چھ کاشرین شاعرن ہندس پیرٕ ترس منز اکھ خاص رتبہ تھاوان۔ جوان مرگی باوجود چھ تہنز شاعری ہندن ناوہ شانس ادبس اکھ خاص عطر باگران آمت۔ پننہ شاعری ہنز اتھ مختصر وانسہ منز چھ ناظمن تمہ وقتکی تمام مروجہ صنف ژھنڈ ژھنڈتھ ترا وی متی تہ پرتھ صحراوس منز پننی نقشِ پا قایم کری متی۔ ناظم صابن دیوان پیش کرتھ چھ سون ادارٕ اکھ بجہ ذمہ داری نشہ آزاد گژھان۔ یہ چھنہ ضرورۍ زِ ناظم صابن سورے کلام کیا آسہ یتھ دیوانس منز آمت۔ مگر سانہ مربو چھے پننہ طرفہ کوشش یہے کرمژ زِ بدس کلامس منز گوژھہ کینہہ بہتر روزن۔ اگر امہ باوجود کینہہ کلام روُدمت آسہ (تس یتھس زُود گو شاعرس نش ناممکن چھنہ) تمیک پے پتہ دین چھے پرن والین ہنز کام یتھ زن دویم ایڈیشن نیرِ زیادٕ مکمل صورتس منز۔

سری نگر

محمد یوسف ٹینگ
سیکریٹری

بنامِ خُدا

# تمہید

۱

وٲنیجہ بیارٕ ژٕک قصبہٕ چھُ قدامتہٕ کہ تہٕ تأریخی لحاظہٕ پتھہٕ کالہٕ پیٹھے سیٹھاہ اہم تہٕ مشہوٗر رُودمُت۔ پنڈِتہٕ کلہن چھُ "راج ترنگنی" منٛز لیکھان:

"یہ شہر (وٲنیجہ بیور) کوٚر راجاو جےٚ ٹین (وِز بانند) سنہ ۱۱۴-۱۰۶ قبل مسیح منٛز آباد تہٕ تمیٚ کوٚر پننِس ناوس پیٹھ اکھ مندر "وِجےٚ ایشور" تعمیر۔ یُہے شہر بنیوو پتہٕ پننِس راز دانی۔" اکھ روایت چھےٚ کِنز وٲنیجہ بیارٕ ژٕک تولُق مشہوٗر بُدھ راز اشوک اعظمس سیتی تہٕ ہاونہٕ آمُت۔ راجہ وِجے یس قبل کیاہ اُمس وٲنیجہ بیارٕچ حالتھ۔ تتھہ مُتعلق چھُ "نیل مت پُران" تہٕ خاموش۔ مگر راجا وِجے سُنٛد وقتہٕ پیٹھے رُود وٲنیجہ بیور ہیندٕ ہِنٛز مُقدس جاے تہٕ "وِجے ایشور" مندر اکھ مُقدس تہٕ قابلِ احترام تیرتھ۔

کاشُر راز اشوک دوٚیم (سمت ۱۶۷۵ ک) کوٚر ہِندوٗ دھرمہٕ بدلہٕ وٲنیجہ بیارٕس منٛز بُدھ دھرم رأیج تہٕ واریاہ نوٚی مندر تہٕ وِہار تہٕ کرِن تعمیر۔ اکھ روایت چھےٚ زِ وٲنیجہ بیارٕس منٛز آس اکھ دورس منٛز گرٛتہٕ کرٕ پراچین کالہٕ کہ یا وسطی عہدکہ بٕٹ رِشکو پاٹھو اعلا پیمانس پیٹھ تعلیم تہٕ تربیتھ دِنہٕ یوان، ییمہ کنہٕ اوٚت، وار ییہو علاقو پیٹھ ملکہ برنٛہٕ اُمچھ یوان۔ یمو راجو علاوٕ تہٕ کرٕ تشلن راجا نو بخین، للتادتیہ مکتا پیڈٕ تہٕ اونتی ورمن پن پننہ

وَقتہٕ وٕیچہ بیارِس منز مندر تہٕ وِہار تامیر۔ راجا بِھکشن تہٕ ٹھٔکُر بنٛوراونہٕ دائنی
وٕیچہ بیارِس منز ے۔

راجا سنگرام راجنہٕ وَقتہٕ سُپد باقٕے مُلککو پأٹھۍ وٕیچہ بیور تہٕ سُلطان
محمود غزنوی ہٕنٛدِ یلغارُک شِکار تہٕ بقولِ مُصنِفِ تأریخِ حسن، پیر غلام
حسن کھویہامی، راجا سنگرام راجن "پیشِ سلطان (محمود) خود را بہ ملازمت
رسانید۔ سلطان حکومتِ کشمیر بہ وے ارزانی داشت۔" اَمہٕ بدلہٕ دیُت سنگرام
راجن، محمود غزنوِیس وٕیچہ بیارکین تہٕ بٔییہ کیٚنژن مندرن ہُنٛد "تمامی
اسبابِ زر و طِلا" بطورِ "نذرانہ"۔

سنگرام راجس پَتہٕ گَے وٕیچہ بیارٕچ حوکومت راجا اننت راجس
حأصِل۔ اننت راج اوس سیٚٹھاہ دوٗر اندیش، روشن خیال تہٕ لگہٕ پایہٕ چ عربی
کاپھُن وول۔ لُکن ہٕنٛدِ خأطرٕ کٔرۍ اَمہٕ راجن عام خوش حألی ہُنٛز واریاہ
جان تہٕ رٔژ کامہٕ۔ اننت راجنہٕ وزیر آوتٕ پلن کوٗر وٕیچہ بیارِس منزٕ اَنٛہن
ہٕنٛدِ خأطرٕ اکھ "BLIND SCHOOL" جأری۔ سماجی بہبودی ہٕنٛز
باقٕے کأژاہ کامہٕ آیہٕ تمٕن سپدان، تمیُک انداز چھُ اَمی سیٚتہٕ سپدان۔ آوت
پلنہٕ آسیٚنو شریمتی تہٕ اُس سنسکرتچ بٔڈ بایہٕ عألِم۔ بھاشا یہٕ منز لیکھنہٕ آمٕژ
اُکس کتابہٕ "برہست کتھا" یہٕ کوٗر اَمہٕ شریمتی سنسکرتس منز ترجمہ۔ پانٕہ عِلم
دوس آسنہٕ کِنہٕ دِژ شریمتی وٕیچہ بیارکین عألمن تہٕ برہمنن عِلم، اَدب، تہٕ
مذہب پروری ہٕنٛدِ خأطرٕ اکھ ہٕتھ تہٕ شیٚتھ گام بطورِ جاگیر۔

اننت راجس پَتہٕ بیوٚٹھ اَمۍ سُنٛد نیٚچُو راجا کلش راج تختس۔ اَمۍ کوٗر
"کلشی شور" ناوُک اکھ مندر تامیر۔ اَمۍ دیُت پننہٕ وقتہٕ رقص تہٕ موسیقی یس
جادٕ پھن رِواج۔ سمُدر گُپت سنٛدِ پأٹھۍ کوٗر اَمۍ تہٕ پننٮ۪ن سبکن میچھ موسیقی

تہٕ رقصس سیتؠ ہِنٛز تولُق ظاہر کرنہٕ خاطرٕ، لکشمی دیوی ہُنٛد تصویر رقص
کرنکِس انٛدازس منٛز کنٛدہٕ۔ اَمہِ تہِ چھُ نشان زِ کلش راژنہٕ وقتہٕ آسہٕ تِمن
راژدانہِ منٛز بہترین رقاص، رقاصہ، موسیقار، شاعر تہٕ عالم ہمیشہ موجود۔ لازمی
طور آسہٕ تِمن عام لُکھ تہٕ یِمو عام لُکھو سیتؠ متاثر۔ عام زنٛدگی پیٹھٕ رتہٕ
آسہٕ ہیے اکھ خوش گوار تہٕ جانٛدار اثر پیومُت۔ اَتھ دورس منٛز اُس ژکر در
( چکر دھر وُڈر ) تہٕ تنتھ اُنٛدک تیکھی اَکس خاص مسالس میٖژ، یا کنہٕ سیٹھاہ
خوبصورتھ بانہٕ، برتن تہٕ ٹھیراکو ٹا بناونہٕ یوان۔

کلش راج نہٕ مرنہٕ پتہٕ گےٚ ویٚنہہ بیاکھ سیاسی اہمیت، بالادستی
تہٕ مرکزیت ختم۔ سورُے ماحول گو درہم برہم تہٕ ویٚنہہ بیور بنیوو بے شمار خانہٕ
جنٛگن ہُنٛد ماڈان۔ گگنہ چنٛدرن تہٕ راجا وسچل راجن کرٕ راجا سوسلس
خلاف بغاوتھ، تہٕ تِمہٕ پتہٕ کرٕ راجا بِکھاچرن راجا جےسنگس خلاف زبردست
شورش۔ یِمہ دوٚنوے بغاوژ آیہٕ سختی سان دباونہٕ۔ کلہنن چھُ "راج ترنگنی"
راجا جےسنگھنہٕ عہدس کینٛہہ سیٹھا شورو کران تہٕ جےسنگھن دورِ حکومت
ہرگاہ زن تیٚوت شان دار اوسنہٕ، پوز منگول حملہ آور چنگیز خان سُنٛد حملہ کوراکی
سیٹھاہ چالاکی تہٕ حکمت عملی سان پتھ۔ کلش راجنہٕ وقتہٕ پتہٕ، تِمہِ ذِکر کرنہٕ آمتی
کرنہٕ آمژ چھے، گیہٕ نہ صرف ویٚنہہ بیاکھ سیاسی پیٹھووُلی تہٕ مرکزیت یتھے پت
ختم بلکہ اَتھیک علمی تہٕ ادبی بجر تہٕ گو وُلٹہ پاسہٕ ووسر لکھہ سیر۔ وُن گو مذہبی
اقتدار، شہ روٗد برہمنن ہُنٛد مرکز آسنہٕ کنہ وار یہس کالس تان چلہٕ وُن
(بلکہ چھُ اَز کل تہٕ) موخصر پاٹھو گو ویٚنہہ بیاکس ہنٛز حاصل سپدمُت
مقام ازدس۔ یہ حالتھ روز ہتہٕ بدین وریین تان جاری یوتان زِ کُن
ہُنٛد دورتہٕ معرکہ لیوو۔ اَتھ طویل وقتس منٛز گیا سپد ویٚنہہ بیاکس تہٕ اَرچہ

ادبی، علمی، مذہبی تہٕ تمدنی زندگی منز۔ یہ چھُ سورُے نامولوٗم تہٕ اَتہٕ گژھ
منز۔ سائنس توٲریخس منز چھِنے یہ وَنَن کٲنٛہہ علاقن گاہ ترٕ تہٕ وٕنیچ بیور
رکھتہٕ روزٕ ہے یہ ؤن۔ یہ حالتھ رُوز برابر توتان جاری یوتان سیّد محمد
قریشی رحؒ وٕنیچ بیور آے۔ یہ اوس سُلطان شہاب الدین سُند دورِ حکومت
شہاب الدین سُند وقتہٕ ہیتھ گے وٕنیچ بیأرس پیٹھ حملہٕ شوروٗ۔ سُلطان
سکندر المعروف "بُت شکن" اوس سیّد محمد قریشی رحؒ سُند واریاہ موتقد
تہٕ اُمی کور راجا وِجے سُند بنومُت مندر "وِجے ایشور" مسمار۔ مندرٕ بدل
کوٚر سُلطان سکندرن سیّد محمد قریشی سُند خاطرٕ اکھ خانقاہ؎ تعمیر۔
سیّد محمد قریشی اُس حضرت امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانی رحؒ سُند قرابت دار
تہٕ سیّد محمد صاحبس اُس یتھٕ بھٲے، برادر سیّد عبداللہ قریشی تہٕ وٕنیچ بیور
ہمراہ۔ یم آیہ وٕنیچ بیور اسلامُک تبلیغ کرنہٕ۔ یہندٕن تہٕ ہاتے واریہن
کوشش سُند نتیجہ دراو یہ زِ وٕنیچ بیأرس منز تہٕ گو واریہ دینِ اسلام
غالب۔ پیتھٕ یتھٕ ہاتے علاقن منز سید۔ کینٛہہ وقت گژھتھ پیٚلہ
ریشیت بارسس آو وٕنیچ بیأرس منز آے کینٛہہ ریشی مثلن پلاس من
ریوش، خلاص من ریوش تہٕ یاسمن ریشی۔ یم وٕنیچ بیارہ وٕڈرٕ پیٹھ چھ
دفن؎۲۔ بییہ بابا نوروز ریشی (ژکدر) اللہ داد ریشی (متصل جامع مسجد)
تہٕ نُنہٕ بابہٕ صاحب (ژیرہٕ ونی گاڈٕ ہاتہٕ پور۔ بابہٕ محلہ) بییہ تہٕ سُندی پھنی
(نامولوٗم) پموزن اسلام تصوف تہٕ ریشو تیکس پر تأثیر زنگس منز گژھن

---

؎ گولاب سنگھن کوٚرہ یہ خانقاہ پننہٕ وقتہٕ تباہ تہٕ تمی بنووٕ یہ کرنہٕ
مندر۔ ؎۲ امایوز قبر چھنے وونی نامولوٗم۔

برٛونٛہہ کنہٕ تھٲوو۔ قدرتی طور آسہٕ ہے مذہب کِس سیاسی نِظامس منٛز کانٛہہ
نوٚوٚے وولِسن آمت۔ ریٚشن ہٕنٛد سلسلہ روٗد چلان، تہٕ ژٕک دورکِس
خاتمس تہٕ مغل دورکِس گوڈٕ کالس منٛز آو حضرت بابا داود[1] خاکیؒ
(حضرت محبوب العالمؒ سلطان العارفین شیخ مخدوم حمزہ[2] صابٕنۍ خلیفہ)
وٕنیچہ بیور۔ یِہنٛد یِنہٕ سیٚتھا یوو وٕنیچہ بیارِ چہ آدبی تہٕ مذہبی زندگی پیٚٹھ بیشُمار
رنگا رنگ تہٕ ہمہ گیر شخصیتُک اثر۔ تِمہٕ کیاز حضرت بابا داود خاکی المعروف
ڈُکہ بابہٕ صابٕ روٗدی وارِہس کالس اَتی سوٚکونہٕ کرِتھ۔ خاکی صاب
اَسی تھدِ پایہِک عالِم، عابِد، زاہِد تہٕ فقیہہ۔ یِم اَسی یتھہ سارِی ہے علاقس
منٛز قاضی القضاۃ کِس حیثیتس منٛز تہٕ کام کران۔ یِہنٛدکۍ آثار تہٕ نِشانہ
ڈُنہٕ نہٕ وٕنیچہ بیارِس منٛز خصوصن (مثلن قاضی کُنٛز، خاکی محلہ تہٕ خاکی
مسجد وغارٕ) تہٕ باقی علاقن منٛز عمومن موجود چھہ۔ خاکی صاب اَسی عالِم
تہٕ فقیہہ آسنس سیٚتی سیٚتی تھدِ پایِک شاعِر تہٕ۔ اَمہِ کنہ چھہ باسان تہٕ یہ باس
چھہ وارِہس حدس تام صحی زِ یِہنٛد ذاتُک اثر آسہِ ہے ضروری طور باقی
عالمن پیٚٹھ تہٕ پیومت۔ وَن گوٚ یہ کتھ چھے تحریری ثبوتوٚ ریتھ معتاج
اَتھہ دورس منٛز ہرگاہ زَن مجموعی طور مذہبی تبلیغ تہٕ باقی پرٛٔتھے کارِ سرگرمی
سان انجام دِنہٕ آیہِ، تہٕ یتھ دوٚے یہ زمانہٕ اَکہ طرفہٕ سیٹھا دوٗرِ رسٕ نتیجن
ہٕنٛد ذِمہدار اوس، اَما پوز بیٚیہ کنہ گۍ سیاسی وولہٕرٕ کشہ سارِی ہے ملکُچہ
زندگی وٕہرِ کھوٚہ ہیر تہٕ حدہ ہم برہم کرِتھ۔

ژکن ہٕنٛد دورِ اقتدار اوس مُلکہ منٛزٕ سازشن تہٕ سیاسی ژٕوپین

---

۱ متوفی ۹۹۶ھ ۲ متوفی ۹۸۴ھ

ہِنٛد زمانہٕ۔ اَمہٕ وقتٕکرٕ وٲنٛگجہ بیارچ چھِنہٕ کٲنٛہہ موسوٗلی ذِکر تہٕ نظر گژھان۔ ترک پادشاہن گٔے وارِیاہس عدس تام پننہٕ بے وقوفی تہٕ کھدتہ تہکی تہٕ وزیرن ہٕنٛزٕ دل بدلی، تہٕ بے ایمانی سیتی اُدرکھل تہٕ لیچھ کھٔر تہٕ کیٚنژھا اندروٗنی سازٕ شوٗ تہٕ کٲشرٚن لوٗکن ہِنٛدِ موسمن ہِنٛدِ پاٹھی بدلوین مزاز کِنہ تہٕ۔ سٕ کٲشرِ اُمہٕ دوہ ہیٚے وُشنہٕ وانٛتہٕ ترٛز ووہش ترٛاوان۔ اَمیٚک ترٛ ڈراو پتو لاگن موغل سامراج کِس صورتس منٛز۔ یُس کٲشرٚن مُحافِظ بنِتھ ۱۵۸۹ء منٛز گردنہٕ سوار گو۔ موغلن اوس اکھ خاص تہذیب تمدُن، تہٕ خاص رِوایژ۔ اسلام قبوٗل کرنہٕ پتہٕ تہٕ روٗزٕ تِم موروثی خو صلاحیات تِمن منٛز موجوٗد مثلن زنان بازی، اَمرد پرستی تہٕ رِوایتہ پرستی۔ وُچھو تزک بابری تہٕ توزک جہانگیری) یِمو چیزو ورٲے اُسو موغل کُنہ کُنہ سا تہٕ دِل بہلایی خاطرٕ انسان کلن ہٕنٛزٕ ڈیڈ تہٕ بناوان۔ پننہٕ سیاسی پیٚٹھو ولی معنیوط بناونہٕ خاطرٕ ہیٚتِھ یِمو کٲشرِن تہذیب وتمدُنس اَنٛدرٕی اَنٛدر موکل تراٹھنہٕ۔

اکبر بادشاہ تہٕ جہانگیر سِنٛدِ وقتہٕ روٗز وٲنٛگجہ بیارن محض اکہٕ فوجی پراوچ اہمیت۔ فوج ہیٚتھ ییلہِ ییلہِ موغل کشیر ترٛامٕن، وٲنٛگجہ بیار تہٕ اُسی نکھ تہٕ ووشلاہ کڈان۔ شاہ جہانُن دورنہٕ روٗد یِتھیٚے۔ اَما پوٗز اَمہٕ سِنٛدِ زٕ ہٕنٛزی پچھ دارا شکوہن یُس منٛز منٛزٕ فوجی تہٕ سیاسی کامیو کِنو اکثر و بیشتر کشیر تران روٗد، دِیُت وٲنٛگجہ بیارن کُن خاص توجہ۔ یہِ شہزادہٕ روٗد وارِیاہس کالس وٲنٛگجہ بیار سے منٛز۔ اَمو کرِمہٕ تہٕ وارِیاہ تعمیرات شوٗر کو۔ یِمن منٛز قابلِ ذِکر چھِ دارا شکوہ محل، مسجدِ دارا شکوہ تہٕ پادشاہی باغ یم اکہ کٕدلہ کرہ ذرٕ یِم ذِکر لاونہٕ آیہٕ۔ پیر حسن کھویہامی چھِنہ پننہٕ تواریخس منٛز کٕدلہ وراے بیٚیہِ کُنہ چیٖ ذِکر کران۔ کٕدلس متعلق چھِ سہ وَنان "کٕدل بیچبہاڑا از تعمیرات دارا شکوہ

طوٗل یکصد درعہ، عرضش شش درعہ فیل پاے، ۳ عمق ۶ فیٹ ریم
نہ باغ دارا شکوہن جہلمس اپارہ بیپور بناؤوی تموٗ منز آیہ تتھہ اکس حرف بوٗنہ
لگاونہ یُس جنرل روڈس پیٹھ واقع چھُ۔ تہ کدلہ اپار کنس باغس منز آیہ گاڈ
پیر کنہٕ جہلمہ منز اکھ نہر گنڈنہ یتھہ باغس منز اننہ یہ یمیک آب دوٕن تلاون منز
گژھتھ باغس منز ترین طرفن پھیرتھ دارا شکوہ محلہ کنہٕ واپس دریاوس
منز گژھان اوس۔ دارا شکوہ محلس نشی اُس اکھ طرفہ مسجد دارا شکوہ
نہ۔ باغ چہِ اندرونی نہرن تہ جوین ہنٛزیہ تلاون اُسہ جایہ جایہ پھوار
لاگتھہ یتھ تلاوس اُس منزس اکھ بالا دری تہ۔[۵]

---

۵ یہ سوٗرے باغ سپد شہید میر قاسم یُن دس عہد وزارتس منز
بلکل برابر یعنی یہ طریقس پیٹھ سرنو تامیر تہ وُنہ چھُ زیر تامیر۔ وَن گوٗ
دارا شکوہ محل روڈ نہ گنی۔ تہ مسجد دارا شکوہ چھ جایہ آو ریسٹ ہاوس
یا کلب بناونہ۔ دارا شکوہ مسجد آیہ ۱۰۶۰ھ یس منز تامیر کرنہ تہ اتھ اوس
مہتمم محمد زاہد ابوالحسن سمرقندی ———— اتھ منشید یوسہ
گنہٕ کنز لاگنہ اُس آمژ تتھ عبارت چھےٚ یہتھ پاٹھو " بتائیدات ایزدی
وعنایت و الطافِ حضرت سلطان معارف سپاہ سلطان دارا شکوہ در عہد
حضرت صاحب قران ثانی شاہ جہان بادشاہ غازی این بقعہ بتاریخ ۲۲ رمضان
المبارک سنہ ۱۰۶۰ ہجری مطابق ۲۴ جلوس بسعی و اہتمام محمد زاہد ابوالحسن
سمرقندی انجام رسید۔"
یہ مسجد گےٚ ۱۹۵۰ء لاپروٲہی سیتو خراب تہ آخرس اُز کمرتاں یہ کنہٕ کنز تہ لاجن ،
زیرِ پار چھ منشید یوسہ وُنیکیس بیار پرانہٕ کدلہ اپار نوٚ سرٕ وعہ نی تامیر کرنہ آیہ
(باقی فٹ نوٹ برونٹھکن)

دارا شکوہ اوس پایہٕ تھدِ پایک عالِم، بہلہٕ پایک صوفی مُنش مُصنِف تہٕ صوفی تہٕ ویدانتہٕ کِس فلسفن اوس تمیٚ سٕندِس زندگی پیٹھ زبردست اثر ترٛاومُت۔ اَمہِ سٕندس وِہچہ بیاکِس کُن خاص توجہ دِنہٕ سیٚتہٕ تہٕ اَمہِ سٕنٛدِ علمہٕ سیٚتہٕ آسہٕ ہے صوٗرَ وُ وِہچہ بیاکِس ادبی تہٕ عِلمی ماحولس پیٹھ اثر پیومُت، یِمن مُتعلق چھینہٕ کانٛہہ تہٕ تحریری شہادت فلحال دَرِس۔ مُمکِن چھُ اَتھ آسہٕ یِہ اَکھ وجہ تہِ یِمہ کال گُزرِتھ آو پتہٕ اورنگ زیب عالمگیر برسرِ اقتدار، یِمہ دارا شکوہ کافِر بناوِتھ قتل کوٚر۔ یِمہ کِنہِ عام مُمکِن بُوو یہ گنٛڑٕ کِنہِ دارا شکوہ ہِنٛز لکھنہٕ گمژٕ آسہٕ ہے تہٕ لہٰذا زِ وُچھنہٕ جان اَمہِ سٕنٛز ذِکر کُنہِ سِلسِلس منٛز تہٕ کرٛنی۔

اَتھ کتھہِ چھُ یہ وُچھتھ دَر گُزرھان زِ بِلکُل اَکھ وقتس منٛز چھُ حضرت بابا نصیب الدین غازی (متوفی ۱۰۴۷ھ۔ ۱۶۳۸ء) یُس حضرت بابا داود خاکی سٕند خلیفہ اوس، دیوان وِہچہ بیور۔ بابہٕ نِکھوین چھینہٕ تِمن تصنیفن منٛز دارا شکوہ سٕنٛز مُلہ معوٚنجی کانٛہہ ذِکر کوٚرمُت۔ یہ چھُ بِلکُل عجیب تہٕ حیرانگی ہِنٛز کتھ۔ بابا داود خاکی سٕندی پاٹھی اوس بابا نصیب الدین غازی تہٕ شاعِر مُصنِف تہٕ مُبلِغ تہٕ۔ یِمن بابرکات بزرگن ہٕنٛدِ وِہچہ بیور یِنہٕ سیٚتی گو وِہچہ بیاکِس ادبی زندگی ہِنٛد جمود وارِیاہس کالس تام ختم۔ یِم دوٚن وُوے حضرات اَسو

---

( پترمہ صفکِ فُٹ نوٹُک باقی ) یہ کتھ کُنہِ چھےٚ از ثناء اللہ بٹھ ولد محمد جو بٹو سٕندِس تحویلس منٛز، تکیاز مسجد دارا شکوہ ختم سپدنہٕ پتہٕ اُس یہ زِ زِہاوِ بربچھ مُشید لاگنہٕ آمُت۔ دارا شکوہ سٕندِ واریاہ تصنیف چھےٚ چھاپ گمژٕ مثلن سکینۃ الاولیاء، مجمع البحرین، سِرِّ اکبر وغارٕ۔

فارسی زبانٕ ہندۍ مُسلّمہ اُستاد، بہترین شاعر تہٕ صاحبِ تصانیف۔ بابا داود خاکی سُنٛد "وِردُ المُریدین" تہٕ بابا نصیب الدین غازی سُنٛد نورنامہٕ، ضروری کلان، ضروری خورد، غزلیات، نعت تہٕ مناقب چھِ اَمہٕ سِلسلُک مشہور تہٕ قابلِ ذکر۔ رِوایتہٕ چھےٚ زِ بابا نصرٕ یُس اُسو بادشاہت مُریدن تہٕ خلیفن ہمیشہ سیٚتۍ سیٚتۍ آسان۔ ریشہ طریقہٕ مُطابق رُود بابا نصیب الدین غازی تہٕ مُجرّدے یانے نیٚتھر وراۓ۔ یم خلیفہٕ یا مُرید یمَن سیٚتۍ سیٚتۍ آسان اُسو تیمَن اُس نہٕ صرف رُوحانی تربیتھے اوت دِنہٕ یِوان یا صرف تزکیہِ نفس کرنہٕ یِوان بلکہ اُسو تِم ذہنی نشو و نُما تہٕ عِلمی تہٕ ادبی تربیتھ تہٕ پننِس ہوس رِشدس نِش حاصِل کران۔ یِمو مُریدو تہٕ خلیفو منٛز چھو وارِیاہو رُوحانی تہٕ مذہبی کمالو ورأے پننیو تصنیفو تہٕ تحریری تہٕ ادبی کارنامو سیٚتۍ ہمیشہ خاطرٕ پننِس ناو زِندٕ، مثلن بابا داود مشکواتی[1] مُصنیفِ اسرارُ الابرار، اسرارُ الاشجار زٕ دوٚیِم مثنوی چھےٚ فریدالدین عطّار سٕنٛزِ مثنوی "منطق الطیر" کِس طرزس تہٕ رنٛگس منٛز) یا اخوند مُلّا طیب (متوفی ۱۰۸۶ھ) یِمو سٕنٛد صاحبِ دیوان آسنُک شہادت پیر حسن کھویہامی چھُ پننِس تاریخس منٛز پیش کران وَنان زِ طیب سُنٛد دیوان اوس تِمو پننیو چشمو تہٕ وُچھمُت۔

وفات سپدنہٕ پتہٕ اُسو پننی خلیفہ بابا نصرٕ یُس بکھلی (مُظفرآباد) وٲپس دفن کرنہٕ خاطرٕ نوان، مگر کیٚنژو وجوہاتو کِنۍ سپد حضرت بابا نصیب الدین

---

[1] بابا داود مشکواتی اوس شاگرد خواجہ حبیب اللہ چرخی سُنٛد یُس پانہٕ صاحبِ تصنیف چھُ رُودمُت۔ بابا داود مشکواتی سپد سنہ ۱۰۹۷ھ ۲۷ ربیع الاول فوت، مدفن چھُ پہنٛد گنبدٕ پور متصل عیدگاہ سرینگر۔

وٚتھیچہ بیاگری ہِنز ............ دُفن۔ یتھہٕ کٕنہٕ وارِیاہ خلیفہٕ عقیدت منٛدی تہٕ روٗحٲنی اِرادتہٕ کیٚنہٕ وٚتھیچہ بیاگری ہِنز بسٕتھہٕ گٔے۔ اَمہِ سیٖتؠ سیٖد وٚتھیچہ بیاگرِس منز وارِیاہ عٲلِمن تہٕ بزرگن ہُنٛد اجتماع۔ یتھہٕ کٕنہٕ وٚتھیچہ بیارچ شوٗر زمین وارِیاہس حدس تام زرخاز بنیہ۔ تٔرونہٕ ہرگاہ وٚتھیچہ بیارچ سیاسی بالادستی، علمی تہٕ ادبی اہمیت ختم گٔمژ ٲس، سعہ کرٕ ووٗنی دارا شکوہ سٕنٛد پوٗت اَمرو تہٕ بابہٕ داوٗد خاکی تہٕ خوٗصوٗصن بابہٕ نصٕر بنیوو تصنیفی، تدریسی تہٕ تبلیغی کارنامو نوٚیس قایم تہٕ شوٗرو۔ اَمہِ وجہ چھُ یہ دوٗر وٚتھیچہ بیار کِس تارٛیخس منز اَکھ اہم موڑ۔ درحقیقت گٔیہ اَمی وقتہٕ پیٹھ وٚتھیچہ بیاگرِس منز علمی تہٕ ادبی زندگی شوٗرو۔ یوسہٕ زٕن ازتام برابر اَتھ حیٖن طریقن پیٹھ جٲری چھےٚ۔

بابہٕ نصٕرنہِ سٕنٛد پو باقی خلیفو تہٕ مریدو وٲرٕ یِم خاص فلسفہ وٚتھیچہ بیار بسٕتھہٕ گٔے، تِہٕنٛد تیداد چھُ ژورٕ۔ یمو ژورو خلیفو کٔرٕ ژور الگ الگ خاندان یا ہنگ قایم۔ یِم ژور ہنگ ٲسہٕ:

(۱) چھانہٕ ہنگ
(۲) حافظ ہنگ ؎
(۳) گنیٚ ہنگ (یِم ٲسہٕ بابہٕ نصٕرنیس کاتب یا سیکرٹری ہنٛز کام انجام دوان)

---

؎ حافظ ہنگ منز ٲسہٕ خواجہ غلام مصطفیٰ شاہ تخلص مصطفیٰ (مصنف قصص الانبیاء یُس ۵۵ ساس شارن پیٹھ مشتمل چھُ، بٔنیہ یمو بے شمار عربی، فارسی تہٕ کٲشرِ نعت رچہ وٲنی ہیتو) حال حالے تام زندٕ یِم چھہ ییاٗنی (باقی فٹ نوٹ برونٛہہ کُن)

(۴) تہٕ ژٕھ سے ہِنگ[1] (ژٕھ سے ڈارِک یا چوڈارِک روزن وألۍ)

تقریبن تقریبن گۓ پیمٕو سارٕوٕے ہِشگوٕ منٛز دار یاہ عالِم، فاضِل، شاعِر تہٕ اُدیب پأدٕ۔ اَما پوز چھا نہٕ ہِشگ چھُ پیمٕو سارٕوٕے ہِشگوٕ منٛز علمیہ ادبہٕ کہٕ لحاظہٕ سیٹھاہ ڈیکہٕ جٕل تہٕ سرمایہ دار روٗدمُت۔ اَمہِ ہِشگہٕ منٛز گۓ نہ صرف مُبلِغ واعِظ، مُفتی تہٕ قأضی پیٚیہِ یوت پأدٕ بلکہ ڈرایہِ اَمہِ خاندانہٕ منٛز داریاہ شعوٗرٕ دار

---

(پیٚتہِ صفحُک فُٹ نوٹُک باقی) اوستاد رُودمٕتۍ ہیتہ۔ تِمن ہُنٛد فرزند چھُ خواجہ غلام حسن نحوی جان فارسی گو شاعِر آسنہٕ علاوٕ تہٕ چھُ میانۍ اوستاد روٗدمٕتۍ ہیتہ۔ اَمۍ چھے فارسی "مُسدسِ کشمیر" تصنیف کٔرمٕژ۔ اَمہِ ورأے اوس حافِظ ہِشگہٕ منٛز غلام محی الدین شاہ بوٚڈ المعروف مہدی (صاحب تحفۂ مہدی وغأرٕ)۔ اَمۍ سٕنٛدۍ کینٛہہ نعت تہٕ منقبت تہٕ چھِ میہٕ نِش قلمی صوٗرتس منٛز موجود)

[1] ژٕھ سے ہِشگہٕ منٛز چھُ بابا خلیل محمد صاحب تصنیف گُذرِمٕت۔ یِمہ سٕنٛد وقعے "حضرتِ شمعون وزنِ ذاکرہٕ او" ۱۹۲۳ء منٛز کریمی پریس منٛز لاہورٕ غلام محمد نور محمدن چھاپ کوٚرمُت چھُ۔ بابہٕ خلیلہٕ سٕنٛدۍ خاندانہٕ منٛزٕے اوس اسد شاہ دیوتہٕ یُس مشہوٗر غزل گو، تہٕ مادٕے تأریخ وغأرٕ لیکھنس منٛز اوس خاص مہارٕتھ تھاوان۔ اَمۍ سٕنٛد مول مُغلی شاہ اوس ناظم۔ سٕنٛد ہم عصر اَمۍ سٕنٛد یوفی البدیہہ مادٕے تأریخو منٛز چھ کینٛہہ بڑٕ مشہوٗر تہٕ فِکر انگیز مثلن "تاریخ تعمیرِ بجہٕ مسجد" زیبا بانگی عُمر شیخ۔ عُمر شیخ اوس مسجدٕ ہُنٛد بانگہٕ گرٕ تہٕ زیبا اوسُس آشنہٕ ناو)، یا "تاریخِ سوختنی خانقاہ اللہ داد ریشی" ؎

درشب بہ ارادۂ الٰہی — ناگاہ دوٗد خانقاہِ ریشی

(باقی برونٛہِمس صفحس پیٹھ)

نہ قابلِ تأریف تہٕ نادٕدار شاعر نہٕ اُدیب نہٕ۔

چھانہٕ ہنگس اوس بانی شیخ فتح الدین عبد الرحمان المعروف حاجی بابا (متوفی ١٣٠٨ھ) یم اُسی بابہ نصر بنوخاص خلیفو ُثرٕ۔ سلطان سکندر بُت شکنس پتہٕ کوٗر اُمی وٕنیچہ بیاکھ موجوٗدٕ خانقاہ (کعبہٕ شریفکس نقشس نہٕ طرزس مطابق) تأمیر۔ پیتہٕ درس و تدریسک تہٕ رۄحانی تربیتک سلسلہ

---

(پتومہ صفحک باقی فٹ نوٹ)

دپ بے سیر آہ بہر تأریخ ہے ہے دوٗد خانقاہ ریشی

اسد شاہن چھ یہے غزل وٕنی متھ، اُمہ پتہٕ کینہہ ہزل چھ وُنہ موجوٗد۔ اُمی چھ تأظمس تہٕ ہجو لیوکھمت تہٕ پیٚتس ہم عصرس متعلق چھ اُمہ یتھ پاٹھۍ ہزل کوٗرمت ؎

مے وور دۄمی وُنگہ چوں بوٹہ بخواب اندر

مے غلطا وٕدۄمی گنبد چوں ژھوٹہ آب اندر

اسد شاہن چھ "ہاگہ نامہ" تہٕ لیوٗکھمت۔ پیٚتس ہم عصر سعید بابس چھُن تأریخ وفات یتھہٕ پاٹھۍ لیوکھمت ؎

گفت دل بے ادب بے ایمان شکر للہ فساد بابا رفت

صدیق شاہ ڈُور اوس اسد شاہس بیاکھ ہم عصر۔ پیٚلہٕ سہٕ موٗد، اسد شاہن وونُس تأریخ ؎

ڈُور نہٕ دنیا گریخت ڈُور دٕ کاژن گسیخت

از صدفِ تن بریخت دُرِّ ثمین روح را

سال وفاتِ آں رفیق گفت زغیبم سروش

"وائے ز دنیا صدیق رفت بدار البقا"

آو باقاعدٕ پأٹھۍ شورٕ کرنہٕ ۔ حاجی بابُن ذِکر کران چھُ مورِخ میر سعداللہ
شاہ آبأدی پننِس منظوم تأریخ "باغِ سُلیمان" منٛز لیکھان بعنوانِ
"مُریدانِ بابا نصیب" ؎

---

(پننِہ صحیفہ فٹ نوٹس مٲنٛز) یا بییلہِ مولوی سادٕ بابہٕ نیو نوٗ مکانہٕ شیٖور
اسد شاہن وٲن ہادسے۔ تأریخ ییتھٕ پأٹھۍ۔ سادٕ بابنٕ اُسی چھپایہٕ ہنگس سیتو
نولُوگ ضوان تہٕ اسد شاہ اوس ژوسے ہنگس سیتو ؎

عبُن نبہٕ ووٚتھ قبیلَس کُن لعہ تی دوٚپینکہ اُسے چھانو
ژراہ کرٕ ہا ہنا چھٕم خطرٕ شیترن ہا ژرسے چھانوٚ

سُمیتھ دوٚ ہیمس ژٕ ئسے اُسی ہمدم مبرٕ ٹھم ٹھاو دل خورم
یہ ہیتھ گژھِ نیے شترٕ ہأنی ہیہتھ یہٕ نیے کرِسے چھانوٚ

یہ بوٚنِتھ کُن لرے وتھ گو تہٕ دم ہیتھ بیٹھٕ گو نازن
ووٚچھت صد فتنہٕ گے برپا تمکہ شور و شرسے چھانوٚ

یہ آبِژ تو صُلیح پیٹھ دوہ کہ حسرتگا ژن تہٕ نمامن
اُژنیہ گلکار شِرکہ ژٕ پٔنٛزٕ تہٕ کو شِکہ ورہسے چھانوٚ

پیٚرِتھ کھوٚ ژھیہ بابَن لژٕ نَبن لژٕ دوٚپ عبن تأریخ
"دگاہ دی دی گیرِتھ دارٕ ئیکل لوٚدُ مکھ لرے چھانوٚ"
(۱۳۱۸ھ)

ہالی سیندِس مرشِس پیٹھ دوٚن اسد شاہن تہٕ تأریخ ؎ (تمِس اوس ناد مُعلی شاہ
وَنان اُسِس مالِہ پیرم

دژاو از دنیاے فانی واے زیبا مالہ پیر
ژاو در جنت خرامان پاے رعنا مالہ پیر
(بابنِ ہن ووچھو بڑو نہکُم)

حاجی بابا ازوست در کشمیر — صاحب امر و نهی و مرشد و پیر

صاحب حال و صاحب تمکین — آفتاب سپهر علم و یقین

نایب شیخ بود در همه باب — پس چو مامور او شد از در خواب

ترک منزلت نمود و رخت سفر — بست و در راه راسته شد رهبر

جمله املاک و رخت و مال و حطام — کرد وقف ارامل و ایتام

چست بر امر و نهی بست کمر — یافت اسلام رونقی از سر

جابجا زده بده مساجد ساخت — مردمان را به قبله ساجد ساخت

هرکجا یافت دیر و بت خانه — ساخت چون کیش کفر ویرانه

کرد تعمیر مسجد آنجا زود — دولت دین و دل به خلق نمود

خرق عادات او چو شد اشهر — داشت صحبت به غیبیان اکثر

شد وطن گیر صحن روضهٔ پیر — تاکه شد مرجع صغیر و کبیر

خانقاهی که کعبهٔ ثانی است — شیخ دین حاجی بابه است بانیست

خدمت خلق بسکه داشت هنر — در سخا شد چو آفتاب سمر

نخل بدعت ز بیخ برکنده — گشت عالم به فیض او زنده

خود به تجرید عمر برده بسر — متأهل شد آخر آن رهبر

خلف با تمیز آن ماجد — بود بابا محمد زاهد

---

(اَتھ صفحکِس فٹ نوٹس پیٹھ بہ وَنہ کُن :)
یکھ وٕری فوتس کنہ تِھ ووپ سٕتی ثانی ہانفی

"زاو در جنت ز دنیا ڈراو بینا مالہ پیر"

اسد شاہ سُند پیٚتُر اُتھ وُہرسہ ۱۳۲۵ھ منز گجراتہ (حال واقع پاکستان) وفات۔

نیز از وجا بجاست در کشمیر — صاحبانِ کمال و صاف ضمیر

ذکرِ ایشاں بجاے خود گویم — در رہِ شاں بچشم سر پویم

رُو چو حاجی ز ملک فانی تافت — جائے در زیر پاۓ مرشد یافت

ہشتمِ بود از مہہ شوال — رشیخ الاسلامؒ بود سالِ وصال

.. .. .. .. — .. .. .. ..

خلفِ حاجی آں سراپا جود — بابہ نزاہد کہ بد ز اہلِ شہود

شد ولی عہد بعد فوت پدر — مردماں را بہ سوئے حق رہبر

روضۂ خاص شیخ نصر الدین — ساخت از نو بنا چو خلد برین

۱۱۲۷
درصد و یک ہزار و بیست و ہفت — روضۂ پاک یافت خوش زینت

بعدِ سالے بہ اقتضائے قدر — رفت شاداں بہ عالمے دیگر

شد در آں روضۂ بہشت نشاں — مرقدش فیض بخش اہلِ جہاں

چار فرزند او بہ صد اکرام — چار ارکانِ کعبۂ اسلام

اول آں خیرا لمجدِ اولاد — ثانی آں اشرف خجستہ نہاد

سیوم آں عزتِ نکو کردار — چارمین واں ضیاء اللہ خوش گفتار

---

سلہ باغ سلیمان منظوم تاریخ۔ سعد اللہ شاہ آبادی۔ مخطوطہ مملوکہ ریسرچ لائبریری زیر نمبر ۵۱۰۔ کل صفحات ۴۸۷۔ استعمال شدہ بیتھ اقتباس از صفحہ نمبر ۳۵۹، ۳۶۰ و ۳۷۰ و ۳۷۱۔ فولیو نمبر ۱۸۹

حاجی بابہ اوس علاقے پھاک کِس کنجہ نو بوگس منز جامع مسجد نِشہ راجورہ راجہ ہندِس خانقاہس منز ژتہ جہن ؤرِ ہیپ خلوت نشین تہٕ مجرد زندگی گذاران۔ بیتہ آؤ وُنیہ بیور یمینہ نیہ بعد گوڑہ کیہ، تہٕ اُمی سپد فوت تہٕ۔

ہر چہار ند خاص و آزادہ | پشت در پشت اولیا زادہ
--- | ---
باد محمود کاروبار ہمہ | رشکِ خلدِ بریں مزار ہمہ[1]

خارج بابتھ خاندانہ منز ہر گاہ زن واریاہ بڈی بزرگ پادٕ سپدی۔ پوز تمی ہندی کارنامہ چھہ بلکل تاریخی منز آمہ خاندانہ نیبر نہ نیرٕ دی کانہہ تفصیلٕ لایق لیکھاری یا دیگر شعر نہ رود آنہ گنڈس منز۔[2] خیالہ چھہ کانہہ ہندی کینہہ ادبی کارنامکن نیال موجود روزمٕت۔ مثلن محمد افضل بابا ییمٕ "سلیمانی" ناوچ کتاب مثنوی ہندس صورتس منز لیکھمت چھ منز

---

[1] ضیاء الدین سند فرزند اوس غلام رسول تہ غلام رسول سند نیچو اوس محمد شاہ ییمس تخلص اوس ذوالفقار۔ امی تہ چھے اکھ مثنوی لیچھمٕژ "ستون ریز" بہ جواب گل ریز مقبول شاہ کرالہ واری۔ اما پوز یہ مثنوی چھے فلحال نایاب تہ آنہ گنڈس منز۔

[2] مثلن ضیا الدین انزنو، مصنف رسالے "ہار بائی" و رسالے علم القرأت۔ امو سندی بلم دوہ نوٕ تصنیف چھیہ نایاب۔ مولوی چھہ کم کینژھا کلامہ دستیاب۔ پتہ اوس معقبل سندس شاگرد۔ یہ چھہ پنڈت حمام مسجد آنگنس منز گوری وانہ دفن۔ نمونے کلام سے

بود سرسبزی از صدیقِ اکبر باغِ جانم را | حیاتِ جاودان از عمر بخشد جوانم را
--- | ---
من آں گم گشتہ صحرائے ہجرانم اگر خواہی | ز خاکِ کوئے عثمان غنی جستن نشانم را
بہ تیغِ ذوالفقارِ شیرِ یزداں سر بیندازم | عدوئے گر کند در روز میدان امتحانم را
روا باشد بہ یادِ کشتگانِ کربلا ہر دم | بجائے شمع گر سوزند مغزِ استخوانم را
ضیا گر آیتِ الحکم للّٰہ ما نعم نبود | رسانم تا بگوشِ عرش فریاد و فغانم را

(باقی چھ پتہ وچھکن)

[3] حالِ حاجیٕ سنٕہ ولی شاہ خاکی سنز اکھ بڈ فارسی مثنوی
(خ۔م۔ش)

سُلیمان تہٕ بلقیس شُنٛد قِصہٕ قلمبند کوٚرمُت چھُ (یہٕ مثنوی چھپنے مِژٕ نیش
موجوٗد، کینٛہہ ورق چھس رٲوِتھ ہیوٚت۔ توتہٕ آسَن اَتھ منٛز ٲس بٲس اَکھ تہٕ
ساس شار) مونٛچھِر پاٹھۍ چھپنے اَمِچ ہیوٚر مجموعی طور روٗد ادبی زندگی منٛز مختلف
وجوہاتو کِنۍ جمود۔ موغلن پتہٕ آیہٕ افغانی پٹھان کشیر منٛز تہٕ تِمن پتہٕ سِکھ
اَکھ سارِے سے وقتس منٛز (۱۷۵۲ء پیٹھہٕ ۱۸۴۶ء تام) آیہٕ کشیرِ منٛز
سیاسی، معاشی، سماجی، تہذیبی تہٕ اقتصادی حالتھ ژٕرنہٕ اَبتر۔ کاشرین
گوو سورُے مُشکھ، ژوٗ پارِ گوو ظلم و جبرُک استحصال شوٗروُ۔ لکھہ ژھلی
اکثر بینِچ گژھ ترٲوِتھ، بے چھۄن، غرُبت تہٕ وارانی ہِوۍ بد بخت ژوٗ پارِ اتھِک
نتیجہ ڈراو یہِ زِ کاشرین منٛز زِندٕدلی تہٕ تخلیقی قوت گَیہٕ ختم، کٔر منٛز
آیہٕ دُنیا بےزاری تہٕ مایوسی تہٕ قنوطیت۔ آزادی تہٕ آزاد خیالی ہیشہ
سٲری ناگ ژھُمیکیہ۔ کاشرین گیہٕ بلکل سوہے ونٛی یُتھ بغداد س
ہلاکو خان سٕنٛد حملہٕ سپتھ گیہ۔ اَتھ وقتس منٛز دِژ گی ترٲوِتھ روال ادب

---

(پیٚتِمہ صفحُک فُٹ نوٹُک باقی:) با تضمین بر نعت سعدی س

چوں از زمین خیر البشر۔ سوئے فلک شد جلوہ گر۔ نعتم رسُل رشک قمر
بلغ العلیٰ بکمالہٖ

شد سرنگوں در یک نظر۔ کفر از جہاں زو سربسر۔ آں بادشاہِ بحر و بر
کشف الدجیٰ بجمالہٖ

شمس الضحیٰ بدر الدجیٰ۔ حضرت محمد مصطفےٰ۔ آں شافع روزِ جزا
حسنت جمیع خصالہٖ

فرمودہ حق بر ملا۔ وارد بہ قرآں اے ضیاؔ۔ بہر شہِ ہر دو سرا
صلو علیہ و آلہٖ

تلاش کرُن چھُنے اَکھ بے فایدٕ کوشش۔

۱۸۴۶ ہس منز بیٖلہ گُلاب سنگھن شروع کرٕ معاہدٕ کشیر مُلی ہیتھ کشیر ہٕندین نوآبادین منز گو اَکھ نوٚو دور شورو۔ نوٚو تہٕ عجیب۔ اَمہ کنہِ زِ کاشرین سیاستس گۄو نٕہ دٔرِہ شُر بٔچھ۔ ڈوگرٕ بطورِ ایجنٹ تہٕ انگریز بحثیتِ بنہٕ آقہٕ۔ ڈوگرٕ کوٚر انگریزن سیتھ تنظیمی کاتیٚب سودا۔ تِمو کوٚر اِس ہانکھ دے اُتی ہاتھ لے "مالِ غنیمت" آو برابر تقسیم کرنہٕ یتھ پاٹھی یہ سوٗرے کارٕ بار سپُد۔ تمہِ پتہٕ چھ بے شمار پردٕ تراونہٕ آمتی۔ پنٕنی ذاتی مفاد محفوظ تھاونہٕ خاطرٕ ہیکو نٕہ کاشر قصیدٕ گوئی تہٕ جی حضوری ہنٕد ماحولہٕ نیبر نیرتھ۔ ڈوگرٕ راج اوس دراصل پٔتھمین دورن ہُند ضمیمہ مگر بیٚیہ طرفہٕ آو یہ دور اَکھ نوٚو پاٖغام ہیتھ تہٕ سُہ اوس یورپی طرزِ فکر، یمہٕ سیتھ یتہٕ کاشرو پننہٕ زندگی متعلق آزادی منز سوچنس ہیچھ مہیت سوچُن۔

یہ وَنُن زِ سلطان قطب الدین سُنٕد وقتہٕ پیٹھ گو فارسی زبانی ہُند زور تہٕ شور شوٚرو۔ "چھنہ پوٚرٕ پاٹھی پوٚز۔ فارسی زبان اُس قطب شہنہٕ وقتہٕ تیتھے پاٹھو سرکاری یتھ پاٹھو از کل یو پی منز اُردو چھے۔ مگر یتھ ٹماکار پُزرٕ کُس ہیکہٕ نکارٕ کرِتھ زِ بڈٕ شہنہٕ وقتہٕ اُس کاشر زبانیہ بارسس ژک دور حاوی تتس منز، سیاسی دوہلہٕ ہو شہٕ یکطرف تہٕ اُوتھ اُس کاشر زبان، آمیک اَدب تہٕ شاعری، پادشاہی محلن منز راج کران تہٕ چھے بیا کنہِ کتھا زِ تمہ دورک کوشر اَدب تہٕ شاعری چھنہٕ اسہِ نیش صحی تہٕ سالم حالتس منز موجود۔ اَما پوٚز یتینے موجود چھُ سُہ کاشر اَدبک ڈیکو جَل آسنک مضبوط شہادتھ۔

فارسی رِوایتھ تہٕ زبان گیہِ کاشرین مغل دورٕ پیٹھٕ سوار۔ نہ یہ تہٕ

روزگار، ترقی ہُنٛد کرموقہٕ، تہٕ دربارٕس سیٖتۍ رسایی آسن وٕوٕنۍ اَتھۍ زبانۍ
پیٹھ داہ مدار تھوان۔ امہ کِنۍ گٔیہٕ کٲشِر مجبور یہ زبان ہیٚچھنس پیٚٹھ
یُس نہ نقصان امہ سیٖتۍ کٲشرِس ادبس گوٚو سُہ یکپاسے ترٲوِتھ کرٕ کٲشرِ
فارسی زبٲنۍ منٛز زبردس ترقی۔ کٲشرِ منٛز گٔیہٕ وارِیاہ باکمال صاحبِ طرز ادیب
شاعر تہٕ عالِم پٲدٕ۔ کٲشرِو دِیُت فارسی زبٲنۍ کُن وارِیاہ توجہ۔ نظرِ تہٕ یِکھ
ذرا وُسی نہٕ ہَن۔ ہرگاہ زَن لیٚکھنہٕ ہیٚچ کٲم بڑو تیٚمہ شۆرُو آس کٲہرٕ، پوزِ سعہ
رٕوز اکثر مذہبی تذکرٕن بیتر تان موجود۔ اَتھ برعکس آیہ مغل دورس
منٛز فارسی زبٲنۍ منٛز مختلف موضوعن پیٹھ بے شمار کتابہٕ لیکھنہٕ یتھ اَثر
بڑو نہ کُن کٲشرِس ادبس پیٹھ داریہس حدس تان پیوٚو۔ ڈوگرٕ وقتس
منٛز بیلہٕ ڈوگرہ پننہٕ بولی "سرکٲری" ہیٚنٛز بناوٕنۍ یِس سیٖتۍ (ناکام روٗزٕ) کٲشرِ
ژٕچ نٮ۪ہنٛدر تہٕ تِمن تہٕ پیٚیہٕ پننہٕ زٕلیاد۔ وارِیہو شاعرو ہیوٚتُ کٲشرِس منٛز شاعری
کرٕنۍ تہٕ مختلف موضوعن پیٹھ لیکھِت کورُکھ کٲشُر ادب مالامال۔ یِمن
"گوٚنہٕ ماتن" آسہٕ خاص خاص لُکھ ہیٚڈان تہٕ نیچہ نظرِ وُچھان۔ مگر عام
لُکو کوٚر کٲشرِ آوازِ وٕژھ وٲنۍ استقبال تہٕ لولہٕ مَتہٕ لاے۔ کٲشرِ دٔرزِ میو
تہٕ عشقیہ مثنوی یو منشور او لکن وندیج تیمر، ششِر ماسہٕ ہُنٛد گٹہٕ زوال ییٚڈ
ہیٚنٛز لب چھہ تہٕ تقدیر کو دُل گیتھن۔

# تعارُف

مذہبی مادانس منٛز آس لیکھنہٕ ہیٚچ کٲم بابہٕ نصیب بنہٕ وقتہٕ پیٹھے ویٚچھ
بیاریس منٛز شوٗرُو گمٕژ۔ یہ زَن پَتہٕ ہن صنفن منٛز ونہٕ آمُت چھُہ مگر اَتھ رٗود
نہٕ تسلسل کینہہ تہٕ خاص کر سیاسی وٕو لہرٕ ہشو موجب حاچ بابنہٕ مرنہٕ پَتہ
روٗز مجموعی طور ویٚچھ بیاریچ ادبی زندگی محمد خضر مقبول ہٕندِس وقتس تان

اَنہٕ گنٛڈ سے مَنٛز مُقبل اوس ہا چ بابہٕ شِیٖنس مٕہ پیٖر مُنٛد فرد مُقبل اوس سیٖٹھاہ بہلہٕ پایک عالم تہٕ شاعر۔ قاضی تہٕ فقیہہ۔ تمہٕ سٕنٛز یِمہٕ تصانیف وُنیٚس تام میٚ دستیاب سپدٕمژ چھے، تِم چھہ:

۱۔ زبدة الاذکار، قلمی نسخہ تحریر شدہ بدست معلّی شاہ دیوسرٕ تحریر یا نقل چھہ سنہ ۱۲۸۶ھ۔ یہ چھےٚ فارسی شاعرن منٛز اکھ مثنوی، یتھ منٛز آنحضور صلعم، خلفاء اربعہ، امام زادن تہٕ دوٚغارن ہنٛدِ زندگی ہنٛدی حالاتھ تہٕ مدح چھہ لیکھنہٕ آمٕژ۔ یہ مثنوی چھےٚ مُقبلن ۱۲ ربیع الاول سنہ ۱۲۳۴ھ منٛز مُکمل کرمژ۔ تہٕ اَتھ منٛز چھہ اندازن سارٕ ژور ساس شعر۔ نتیجہ وِز اوس مُقبل صرف شیتہ وُہ وُہُر[26]

۲۔ منتخب المسایل۔ شرح ضروری خورد

۳۔ مجموعہ تعلیم الفرائض

۴۔ شرح زاد الفقرا۔ (زاد الفقرا چھےٚ بابا داود مشکاتی سٕنٛز تصنیف۔

۵۔ قصاید در مدح شیخ مخدوم حمزہ، میر سید علی ہمدانی، بابا نصیب الدین غازی، بابا ہردی ریشی۔

۶۔ غزلیات

۷۔ خطوط بنامِ فرزندان و احباب خصوصاً مولانا احمد بانہٲلی (کسکوٹ)

مُقبل زاو سنہ ۱۲۰۸ھ یَس منٛز تہٕ سنہ ۱۲۵۱ھ یَس منٛز سپدی فوت، کمہٕ تام چھہ یِمہٕ سٕنٛد تاریخ وفات یِتھہٕ پاٹھو وونمت:

خضرِ اقصح شُد سوئے آبِ حیات      یافت از دُنیا بہ وصلِ حق نجات

بابرِ دولت سروشم گفت ہاں "خادمِ شرعِ نبی شد از جہاں"

۴ + ۱۲۷۷ = ۱۲۸۱ھ

مُقبول شاہ صٲبن اتھ چھ سیٹھا وسی اوسمت۔ سُہ اوس وارِیاہن
کالس وٲتِھ بیاکھ یمن منز درس و تدریسُک سلسلہ چلاوان۔ مختلف طرفو پیٹھہٕ
علاقو پیٹھہ آسہٕ شاگرد یمن نِش علم و ادب حاصل کرنہٕ خاطرٕ یوان۔ شہید
سعد الدین ملارٹی اوس مُقبول شاہن اُستاد۔ مُقبول چھ اَکِس طویل فارسی
نظمہِ منز (یِمہٕ مُقبلن مرزا محمد مہدی مجرمُن سندِس مشہور شہر آشوبُکس
جوابس منز چھ تحریر کرمٕژ) پننیٚن وقتہٕ کین اکہ ترٛیہن برگزیدہ تہٕ جلیل القدر
ہم عصرن ہندیٚن ناو ہیوان۔ یمن منز چھ بابا نورالدین (ناظم شاہ مول) محمد
حیات عالی، حسن زرگر، حمید اللہ مصنف شکرستان، عبدالرزاق دلیر،
محی الدین اُلفت، عبید اللہ توفیقی، ملا محمد ثانی نجو، خواجہ خاوند محمود،
محمد طیب رفیقی، شیخ احمد تارہ بلی، تہٕ شہید سعید الدین ملارٹی (شاگرد مولانا
عبدالعزیز محدث دہلوی) بیتر تہٕ شامل چھ۔ مجرم اوس مقبلس تہٕ اہم برج
تہٕ۔ مجرمن چھ پننیٚس شہر آشوبس منز مقبلس کاتھہ حملہ کورمت تہٕ یہ چھ
مُقبل شاہن ذکر جان پاٹھی کران ؎

خضر رہ کہ باید تا چشمۂ آبِ حیات

پس خضر بابائے مقبل نیک دان است وبس

یمہ ساتہٕ ناظم زاد تمہ ساتہٕ اوس مقبل اندازن ۲۳ ؤری۔ یہ چھ
بروٚنٹھے ونہٕ آمت زِ مقبلن کرٕ مثنوی زبدۃ الاذکار عمرِ ہندِس
شیتہٕ وُہمس ۲۶ ؤریس منز مُکمل۔ مطلب سپد یہ چھ زِ ناظم شاہ زنہ وِز
اوس مقبلن پننہِ علمک تہٕ استادی ہند وقار قایم کورمت مقبول اوس۔

چھانہٕ ہنٛگس سیٖتھ وابستہٕ ۔ ژیکہ ہیٚنہٕ پتہٕ کرٕ اِبتدٲیی تٲلیم و تربیت تٲژمن
ہنٛدِس باہ صاأبس نِش حٲصل۔ کینٛہہ وقت گژھتھ آو عبدالاحد ناظم
مُقبلس حوالہ کرنہٕ۔ تتہٕ اُٹھو مُقبل سٕندِس درس گاہس منٛز کرٕ ناظمن معیٲری
تٲلیم حٲصل۔ ہرگاہ زَن اَتھ مُتعلق کانٛہہ تہٕ تحریری شہادت یا ثبوت
دستیاب چھنہٕ، ناظم اوس مُقبل سُند شاگرد، یُوزٕ ویٚچھ بیاکیٚن عُمر رسیدہ
زانٛن والین مُنٛد گُف تہٕ باقی زبانی رِوایتہٕ ہیکو نہٕ سَر تُلتھ کانٛہہ گال کٔٹِس
ژھینِتھ۔ اَتھ دورس منٛز اگرچہ اَکہ طرفہٕ اقتصٲدی بدحٲلی عوامہٕ جسمس پیٹھ
اُس (یمیُک ذِکر مُقبلن پننِس اکِس خطس منٛز یُس زَن تِمو پننِس
فرزند محمد مختارس پننِس بٲیِس نِژُس عزیزاللہ سٕندِس مرنس پیٹھ لیوکمُت
چھُ[1]) مگر بیٚیہ طرفہٕ آسہ اَتھ دورس منٛز ویٚچھ بیاکھین منٛز واریاہ شاعر
ادیب تہٕ عالم اَکی وِزِ موجود۔ مثلن مُقبل، ضیاءالدین ضیا انتنو۔ عبدالمجید
مانٛگ علی شاہ[2]۔ غلام احمد خاکی (مُصنف قِصہٕ ہاروت و ماروت وغٲرٕ)

---

[1] "از ابتدائے رفتن آں نورِ چشم (عزیزاللہ) تا ایں لغایت کہ بستم ماہِ رمضان است بہ طرف پرگنۂ اڈون و دیوسر قدم نہ کشیدیم، از عواید و فوایدِ نذر و نیاز مریدان معلوم۔ ؟ بے چارگان خود در گردابِ بلا مبتلا بودند پرداخت بہ حالِ دیگران چگونہ می نمودند۔ شورِ محشر ز خلق شدہ ظاہر۔ من اُچیہ نفیر شد بار یک طرف قحط یک طرف بیداد۔ شور و غوغا ز حشر و نشر زیاد، غرضیکہ بہ سختی تمام تہ قرض دوام کردہ۔ زمستان و ایامِ بہار تا غرۂ ماہِ مبارک رمضان ۔ ۔ ۔ ۔
گذرانیدم"

[2] مُصنف احکام الصلوٰۃ تہٕ جنگ نامہٕ حضرت علی۔

بابا خلیل[١] دیو، اسد شاہ، محی الدین مہدی[٢]، قمر شاہ[٣] خاکی، محمد مختار شاہ[٤]
تہٕ عبدالاحد ناظمؔ۔ اَتھ دورس منز اَس یمن بابتہٕ واَتی ادبی کھٹہٕ کھُم تہٕ آبان
غزل گوئی سیٹھا سیٹھا اَس ہزل گوئی تہٕ چلان۔ مذہبی تصنیفن سیٹھا سیٹھا
اَسہ بزمِ سجادہ نکو ستنز تہٕ شیدان۔ یتھو پٲٹھی ماحولس منز چھانچھ لیوو ناظم
سُند مُستقبل۔ مگر عشقیہ غزل گوئی منز ہیُوٚکنہٕ یمَو سارِوے منز کانٛہہ اَکھ
تہٕ ناظم سُند ہم سر بنتھ۔ ہیپاری کینہ اوس پرگنہٕ شاہباد منز محمود گامی
تہٕ روشن میرن یتہٕ نیو فرلو سیتھ ماحول گرم ووٚمت، عبدالاحد ناظمن
گُذٲرۍ تقریباً نو داہ وری مقبل سُندس درس گاہس منز۔ یمن وریَن
کرٕ ناظمن ریواجی تہٕ متداول علمن ہنٛز زان کٲری حاصل۔ ناظم پُنٛز شاعری
اَس شوٗرہٕ کٲمُت، تہٕ اَتھی دورس منز آیہ اکہ دوہہ شیخ احمد تاربلی ویتھہ بوڑ
بابہ نصیب سُندس استانس پیٹھ۔ اَتہٕ وُچھک جواناہ، یہ اوس ناظم، اَمس
کُن وُچھتھ پھٹے وُون شیخ احمد تاربلی صاحبن زِ "یمیس جوانس چھک نار
وہٕتھرتھ بھرتھ تھٕھنہٕ پتھ" یمیُک مطلب یہ آو کہٕ تہٕ زِ ناظمس سیتھ شید

---

١ مصنف قصۂ شمعون وزن ماکرۂ اد، تہٕ گُلزارِ خلیل۔

٢ تحفۂ مہدی چھاپ شدہ و جنگِ خیبر قلمی نوسخہ مملوکہ محکمۂ ریسرچ۔

٣ مصنف قصص الانبیاء، یہ اوس اُمرِ شوٗرہٕ کُوٗر مُت، پوٗز نامکمل رووٗد۔ فلحال چھُ نایاب ——— اسد شاہ زادتمی ڈٲری یہ پیالہ ناظمن مثنوی زین العرب ۱۲۶۱ھ یتس منز مکمل کر۔ اسد شاہ اوس معلی شاہس نیچو۔

٤ محمد مختار شاہ دیو مصنف جنگِ خیبر قلمی نسخہ بدست غلام شاہ ولد بابا عبدالعزیز ساکن بیجبہارہ۔ مملوکہ ریسرچ لائبریری۔ سنہ کتابت ۱۳۱۴ھ

کانٛہہ خاص واقعہ (یُس پتہٕ لاگن سپُد (یانے شُہ موٗد جوانِ رعنا)

# ناظمٕ سٕندٕ سالِ پٲدایش

باقے وارہین شاعیرن تہٕ اُدیبن ہٕندہِ پٲٹھۍ تہٕ چھُنہٕ باقاعدٕ طور کٕنہ تہٕ جایہِ ناظمٕ سٕندٕ سالِ پٲدایش یا سالِ وفات درج گوبا چھُ یہِ امر تحقیق طلب۔ مگر وارہین تحریری شہادتن تہٕ ناظمٕ سٕندین واریٛشن ہٕندِس وننہٕ کِس بنیادس پیٹھ چھُنہٕ وۍ یہِ کانٛہہ تہٕ دُشوار مسلہ۔ اَتھ سِلسِلس منز چھُ اَسہِ ناظمٕ سٕندین ہم عصرن ہٕندۍ سالِ پٲدایش تہٕ تأریخِ وفات تِہ۔

۱۔ مقبول زاو سنہ ۱۲۰۰ھ یس منز تہٕ وفات سپُد سنہ ۱۲۸۱ھ یس منز۔ ناظمٕ زاو لگ بگ مقبولس پتہٕ ۲۳ ؤری گژِتھ، تہٕ گُذریوو مقبولس برونٛہہ تقریبن پنداہ ؤری۔ یِہے چھُ وجہ زِ مقبول چھُنہٕ کانٛہہ خاص ذکر کران ناظمٕ سٕندِ مزاحیہ یا زینت یا تمہِ سٕندِ کٲشرِ شاعری ہٕند۔ تِمیا زِ کٲشرِ شاعری اوسنہٕ کانٛہہ کمالہٕ واتان، تہٕ نہٕ اوس یہِ کٲنسہِ تارُکھ نقصان۔ مگر مقبولن چھے پانہٕ پننہٕ اَتھہٕ ناظمنہٕ سٕنز غزل اَکِس قلمی نُسخس پیٹھ تحریر کٔرمٕژ یُس یہِ زن تیٚمہِ کِمیا تمہٕ ناظمنہٕ کُہ ڈٕ غزل چھے ؎

صبا چھ کژہ تہٕ خبر دل قرار واتہِ منا    کنارہ باش شُہ دِل درکنار واتہِ منا

تہٕ اَتھہٕ آخرس پیٹھ چھُ مقبول "ناظمس" مرحوم" لیکھان۔ تہٕ تأریخ کتابت چھُ اَتھ نُسخس سنہ ۱۲۶۸ھ آمٕژ تلہٕ چھُ نَنان زِ ناظم اوس سنہ ۱۲۶۸ھ برونٛہہ فوت سپُد مُت۔ مقبولن چھے ناظمٕ سٕنز صرف یہِ ہے یاتہٕ غزل نقل کٔرمٕژ شاید اَمہِ کِنہٕ زِ اَمہِ غزلک مزاز چھُ فارسی تہٕ بحر چھُ حافظ یا سعدی سٕنزن اکثر غزلن سیتۍ ملان۔

٢۔ مُعَلّیٰ شاہ دیو، عرف مالہٕ دیو۔ یہ اوس نازِمؔ سُند ہم عصر۔ پوز مالہٕ
دیوس اوس نہٕ کانٛہہ شٲیری منٛز کانٛہہ خاص دسگاہ تہٕ نہٕ فارسی شٲیری
منٛز۔ بلکہ اوس نازمنس واریاہ زیٹھ تہٕ تہٕ نازمنس پتہٕ گُذریوو تہ۔ تمہٕ چھ
نازمنس مُتعلق صرف اکھ ہزلِ شار لیٚکھمُت، یتھ منٛز زٔن گنٛدہٕ زبان استعمال
کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یہ تہٕ چھےٚ اکس قلمی نُسخس منٛز درج۔ امہ وِز چھ نازم
ہنٛز شٲیری ہنٛز شُہرت ژھٔکٲرِ آمٕژ۔ اتھ نُسخس چھ تاریخ لیٚکھِتھ
۱۲۶۰ھ، یلہٕ زٔن نازِم اوس پنٛنہِ مثنوی "زین العرب" مکمل کران۔ مالہٕ
دیوُن یہ شار نازمنس خلاف لیٚکھمُت چھُس چھُ نازمہٕ سٕندِس اکس
غزلہٕ کِس بحرٕ، قافیہٕ تہٕ ردیف سۭتؠ منٛز تہٕ نازم سُند یہ غزل چھُ نازمٕنہِ
مثنوی منٛز یِتھ۔ تہٕ یتھ مجموعس منٛز تہٕ چھ شٲمِل۔ یہ غزل چھُ یتھ پاٹھۍ

پکھنا یہ وَتےٚ حال وۄلو بال مرایو
از چھ مےٚ مرگن سال وۄلو بال مرایو[1]

مُعلّیٰ شاہ یا مالہٕ دیو گو ۱۳۰۵ھ یس منٛز فوت۔

٣۔ محمد مختار شاہ دیو۔ مختار شاہُن چھُنہٕ وُنیےٚ کانٛہہ خاص شٲری
سرمایہ موجود سوا یہ اکھ نعتِ شریف تہٕ جنگ نامہ۔ مگر نازم سٕندی اکثر غزل چھ تمۍ پننہِ
بیاضہٕ منٛز نقل کٔرِمٕتۍ۔ یہ بیاض تمۍ پنجاب تہٕ باقی جاین پانٛسۍ سیٹھ سیٹھ
پننہٕ دل بہلاوی خاطرٕ آسان اُس۔ یمن غزلن چھ پتہٕ تاریخ لیٚکھِتھ، اَڈن
۱۸۵۳ء اَڈن ۱۸۵۵ء تہٕ اَڈن ۱۸۵۶ء تہٕ سارنہٕ غزلن چھ پیٹھ کنہ
لیٚکھِتھ "غزلِ احد بابائی نازم مرحوم"۔ امہ کِنہ تہٕ چھ ننان زِ نازم اوس
۱۸۵۳ء برونٛہہ فوت سُدمُت۔

---

[1] مالہٕ دیوُن شار چھُ۔ نازم نامی گنٛدہٕ پُرےٚ وتھ نہٕ وخوہتہ کیا / گنٛدہٕ آنی ژنٛجہ جملکس نسلِ خرسہ بال مرایو

۴ ۔ غلام احمد خاکی تخلص خاکی ۔ یم تہٕ چھ اَسہِ میتھ پانہٕ شاعر تہٕ صاحبِ تصنیف ۔ احمد شاہ خاکی ین چھ کیٛنژن غزلن پیٹھ کنہٕ عنوان لیوٗکھمُت "غزلِ ناظم بیچہارہٕ" ۔ "قدس اللہ روحہٗ" یا "غزلِ ناظم مرحوم و مغفور" احمد شاہ خاکی اوس ناظمس پتہٕ تہٕ وارِہس کالس حیات ۔

۵ ۔ حاجی غلام نبی شاہ آستان المعروف "مورٔخ" اوس مُقبل شند خاندانُک فرد ، اَمہِ شُنز اکس تاویزہٕ کتابہٕ پیٹھ چھ ناظم شند اکھ نعت شریف کمہِ تان درج کورمُت بہ عنوانِ "من کلام حضرتِ ناظم" تہٕ پتہٕ چھس تاریخِ کتابت سنہ ۱۲۶۸ھ ۔ یہ تہٕ چھ ہاوان زِ ناظم اوس سنہ ۱۲۶۸ھ برونٹھے وفات سپدمُت ۔

۶ ۔ نوٗرالدین ناظمی یُس ناظم شندِ خاندانُک ہنز چھ اَکھ فرد ، تمیس نِش چھ نٔو اَکھ ورق حاصل کورمُت ۔ یتھ پیٹھ اکہِ طرفہٕ احسن شاہ ابن ناظم شند اکھ غزل درج چھ تہٕ ناظم شند اَکہِ غزلُک حرف ترٛیِٕیہِ اخرس شارٕ اَتھ چھ اَخرس پیٹھ لیکھت "بید اضعف العباد ، احسن شاہ ابنِ ناظم رحمتہ اللہ علیہ" تہٕ سال کتابت چھس درج سنہ ۱۲۶۹ھ ۔ اَمہِ تلہٕ تہٕ چھ نَنان زِ ناظم اوس سنہ ۱۲۶۹ھ برونٹھہ فوت سپدمُت [۱]

۷ ۔ غلام نبی شاہ عرف نبہ شاہ کنجو ، یمیس بٔڈے کال گوٚو ، فوت سپدمتیس

---

[۱] احسن شاہ ابن ناظم شند یہ غزل چھ یتھ پاٹھو سہ

| | |
|---|---|
| وٹند اَیو سر بوٚ پننہٕ یارٕ پکھنا | ژلے دوٚ گنگھم کینہٕ خوش دیدارٕ پکھنا |
| لٔگے اَکے گٔہ منز دیتہٕ درشُن | کرتے پادن بوسہ نثار پکھنا |

اُمِس اوس نٲظمس سٕندِ اکثر کلامہٕ زبٲنۍ یاد۔ اُمی وۅن مے ازبرونٛہہ شئے سۄتھ
وُہری نٕ نٲظم موٗد جوان لگ بگ ۳۶ یا ۳۷ ؤہرِ۔ تہٕ آسیک ٲیہٕ کوٗر مولوی
عبد صابن تہٕ (مفتی محمد شید سٕندی کزِ ہٕنٛز برادر)

۸۔ مثنوی "زین العرب" ہٕنٛدی چھہ ژور نوسخہٕ محکمہٕ ریسرچ اینڈ
پبلکیشن چہ لایبریری منز نمبر ۱۹۵۲، ۱۹۹۷ء، ۲۰۰۵ء تہٕ ۵۶۱ء تحت
موجود۔ یمن ہٕنٛد سالِ کتابت چھہ نمبروار۔ یتھ پٲٹھۍ یمن پیٹھ درج۔

(الف) نوسخہ نمبر ۱۹۵۲۔ سال کتابت سنہ ۱۲۷۶ء، بیست و ہشتم ربیع
الاول۔ کمہٕ ٹاں چھُ "بگفتہ قادر بابائی دیوساکن قصبے بجبہارہ پرگنے سایر
المواضع" لیوکھمت۔ یہ چھُ ہاوان زِ نٲظم اوس سنہ ۱۲۷۶ھ برونٛہہ فوت سپدمت۔

(ب) نوسخہ نمبر ۱۹۹۷۔ یہ چھُ خضرابن حضور اللہ لیکھان۔ یوم جمعہ
سنہ ۱۲۸۹ھ رجب المرجب۔ اتھ منز چھہ خضرابن حضور اللہ نظمکہ منز پنٕنہ
کبتنہٕ شار یتھ پٲٹھۍ لیکھان سہ

خضرابن حضور اللہ لیکھانی　　بہ شعرِ تازہ از نٲظم وچھانی
شنیدم چوں ندا از روحِ نٲظم　　بگفت عاشق نویس ایں دُبہٕ نٲظم
غزل با بیت ہا تعداد کردم　　موافق دُبہٕ نٲظم ہی شمردم

امہٕ تلہٕ چھُ نناں زِ نٲظم اوس وفات سپدیومت۔ تہٕ کیازِ خضرابن
حضور اللہ چھُ "ندا" بوزان از "روحِ نٲظم"۔ خضرابنہٕ حضور اللہ چھُ لیکھانی
یہ نوسخہ سال سنہ ۱۲۸۹ھ۔ تکیازِ سالِ کتابت چھُ سنہ ۱۲۸۹ھ اتھ نوسخس پیٹھ
درج (خضرابن حضور اللہ اوس حاجی بابہٕ خاندانہٕ منزٕ تعلق تہٕ نٲظمس
اوس رشتہ دار۔ یک جدی)

(ج) نوسخہ نمبر ۲۰۰۵۔ یہ تہٕ چھُ خضرابن حضور اللہن لیوکھمت تہٕ اتھ

تہ چھ سال کتابت سنہ ۱۲۸۹ھ ۲۰ رجب المرجب یوم جمعہ ـ

سنہ از ہجرت آں حضرت گومُت اوس ہزار و دو صد و ہشتاد و نہ اوس

لیٚکھمُت منے نوسخہ از نقلِ مصنف ز این ناظم از دستِ مصنف

اکھ نوسخس پیٹھ چھے یہ عبارت تہ درج۔ "ہذا الکتاب المستطاب بعون

الملک الوہاب من تصنیف افصح الفصحاء ابلغ البلغاء ملک الشعراء بنان

الکاشمیر المسمی بابا احمد بن نور محمد واعظ المتخلص بناظم نامی من ساکنان القصبۃ

البجبہاری غفر اللہ لہ"۔ امہ تلہ تہ چھ نتان زِ ناظم اوس ۱۲۸۹ھ برونہہ فوت

سپُدمُت۔

(د) نوسخہ نمبر ۵۶۱: یہ چھ نامکمل نوسخہ۔ یہ چھ کمہ تام "مصطفیٰ شاہ

صدیق" ناوی شخصن تحریر کورمُت۔ خاتمس پیٹھ چھس یہ عبارت درج

"تمام شد نسخہ کتاب زین العرب من تصنیف ملا ناظم ساکن بجبہارہ گنہ

دُچھن پارہ از دستِ مصطفیٰ شاہ صدیق بتاریخ ۹ ذی قعد فی سنہ ۱۳۰۶ھ

الحمد للہ رب العالمین"۔

۹۔ ناظم سنز منصور نامہ۔ اکھ قلمی نوسخہ چھ ریسرچ لایبریری

منز ۱۸۸۷، تحریر بدست خضر شاہ بہ جہت خواندن سراج الدین شاہ ساکن

چھُس سنہ ۱۲۸۹ھ۔ میانین اتھن نوسخن چھ سال تحریر سنہ ۱۲۷۰ھ تہ سنہ ۱۲۸۰

میانین دوٚن چھ "ناظم مرحوم" تحریر دِنہ ییلہ شیخ احمد تارہ بلی پتھ بیٚشتین

کوین تہ منہ نظر تھاوو۔ صاف چھ نتان زِ سنہ گئے پزی پاٹھو پوٚر۔ تہ ناظم

سپُد صرف عمرِ ہندِس ۳۵ ؤری وُچھت جوان مرگ۔

یمہ سارنے شہادژ تہ ثبوت برونہہ کنہ تھاوتھ ووتُس بہ اتھ

نتیجس پیٹھ زِ ناظم زاو تقریباً سنہ ۱۸۱۶ء یس منز یا سنہ ۱۲۳۰-۳۱ھ تہ وفات سپُد

۱۸۵۱ء یا سنہ ۱۲۶۶ھ یس منز تہٕ یہ چھُ بہر طور صحی تہٕ ثِقہٕ تأریخ بنان۔ وۄں گۄ
ہرگاہ کانٛہہ اَمہِ کھۄتہٕ مُدلل تہٕ ثِقہٕ ثبوت پیش کرِ تس تہٕ چھُ مادان تحقیق
اشتیاقہٕ سان پراران۔ میانٛس مُقرر شُدہٕ ناظمہٕ سندِس تأریخ ولادت تہٕ وفاتس
چھُ بیاکھ ثبوت یہ زِ مولوی یحییٰ یُس مولوی عبد صابنٕ تہٕ مُفتی محمد سعید
سُندہ جد اوس (مُقبل اوس یمن ماتامالی رِشتہٕ تہٕ) اوس ناظمہٕ سُند ہم عصر
واریاہ غزلہٕ تہٕ کہ مثنوی زین العرب چھےٚ ناظمن یحییٰ صابنہٕ ہمراہی منزٕ
لیچھمٕژ۔ مولوی یحییٰ گو سنہ ۱۲۹۵ھ یس منز ۲۹ رجمید الاول فوت۔ یحییٰ شاہ
اوس شیخ احمد تارہ بلی سُند مُرید (متوفی ۱۳ رجب سنہ ۱۲۷۸ھ) مولوی عبد صابنٕ
گژھ چھُ زِ یحییٰ صابنس برونٛہہ اوس ناظمس واریاہ کال گومت فوت سپدِ مژ۔

لہٰذا چھُ ناظم سُند سالِ ولادت ہرگاہ سنہ ۱۸۱۶ء بنان تہٕ سالِ
وفات ۱۸۵۱ء۔ سہٕ چھینہٕ اَکھ منز یا اَکھ قبول کرنس منز کانٛہہ تہٕ سقم
باسان۔

---

| | |
|---|---|
| چھ پھولی متھ سوٗنبل و ریحان دُبارے | مدانو سون وعدن دو بار پکھنا |
| پوہہ چھے بلبلے مسکین بے گل | دوان چھے نالہ پیٹھ گل زار پکھنا |
| برے گرِ تھس ژیٹے پوٗمبرو زن ہمبرنل | ییہ گوہم گیتس آوار پکھنا |
| ژٹھ مجلس کھشٹھہ بیؤٹھ ہم مزارس | ژتے اوسے ناعار ہے بے عار پکھنا |

ستم چھے تس اَکس یُس یار راوی
وناں چھے ابنِ ناظم زار پکھنا

اَمہِ غزلہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ تتہٕ احسن شاہس چھُ یہ مالی سندِس مرنس پتہٕ لیو کھمت
احسن شاہ اوس مولوی غلام مُصطفیٰ ناظم سُند مول مُصطفیٰ شاہ ناظم چھ
حالِ حیاتھے تہٕ یِم چھ مفتی محمد سعید سندی سیہر بابہٕ

# ناظم سٕنز شٲعری تہٕ تبصرٕ

یِتھ کٔنۍ وُچھ اَسہِ زِ ناظم سٕنزِ ابتدٲیی زندگی کِتھ ماحولس منٛز
پھٲنٛپھلیوٚ یہِ۔ ناظم اوس اَکہِ مذہبی گرٕک فرد۔ تہٕ خاندٲنی پیشہ اوسکھ وعظ خٲنی
ریوٲیی تہٕ فارسی تاہم پرٕنۍ پِہِنہٕ ماحول کِس اثرس تَل یِتھ چھُ باسان زِ ناظمن
تہٕ آسہِ گمٕژ گَژھٕ فارسی پٲٹھۍ شٲعری ہیٚنز ہُش کرٕنۍ، پوٚز اَوٚندپوٚک ماحول
دِچھہِتہٕ تہٕ فارسی زبٲنۍ تہٕ فارسی علم و ادبُک پیٚلے جاو ختم سپدنُک موجب
ژھٕن تِمہٕ ہِنہٕ خیال جلدی دِلہٕ منٛز گَژھِتھ۔ وارِیاہن غزلن چھُ تِمَس فارسی
زبٲنۍ ہُند زبردس اثر۔ مذہبی خاندانُک فرد آسِتھ تہٕ اوس ناظم اَکھ آزاد طبیعت
تہٕ وسیع دِل ہیٚتھ یاد گومُت۔ لوکہِ چارِ پیٹھے اوس تِمۍ "مشق سخن" جٲری
کوٚرمُت۔ ییٚلہِ ناظم اَرداہ کُنُہ ؤہُر اوس تِمۍ وقتس منٛز لیٚکھ تِمۍ زِ مشہور
ہزل، یِمن ہُند ذِکر بروٚنٛہہ یِہن کرنہٕ یِیہِ۔ اَمہِ تَل چھُ باسان زِ ناظم سٕنز
شٲعری اَس لوکہِ چارِ پیٹھے شوروع گمٕژ۔

خالص کٲشُر رنٛگ تہٕ مزاج شٲعری اَگر زَن اَسہِ وُچھو نہٕ سہ
اَسہِ سیٹھاہ کم شاعرن ہٕنٛدِ کٲمِ موجودس آمُت۔ اَمہِ سِلسِلس منٛز چھےٚ
حبہ خوتوٗن، اَرنہِ مال تہٕ محمود گٲمی بہترین مِثالہٕ۔ ناظم سٕنٛدِس لوکہِ چارس
منٛز اوس محمود گٲمی کٲشِر شٲعری ہُند حیلہ تاج پادشاہ مانہٕ یِوان تہٕ محمود
گٲمین اوس پنُن قلم تِلان تِمٲنۍ سایہِ پؠٹھ ہٕنٛدِ کو قلم چھُٹراوِو
تِمۍ سٕنٛدِ کہِ ہم عصر رؤد ہو (دُپزو پٲٹھۍ) تِہُنٛز موجودگی منٛز پیش منظرس منٛز
تہٕ تِمۍ ہیٚوکہِ پنُن فن محمودس ہیوٚن باگہِ بڑ ہوتس گومتہٕ ماتس بروٚنٛہہ کنہٕ
شولہٕ ناوِتھ۔ غلام نبی خیال سُند یہِ خیال چھُ وارِیاہس حدس تام بجا

ھئي. محمود گامي پنھنجو آواز، اُس اُهو منفرد آواز ته اُهو ھن اوس حقيقي ۽ انساني محبت جو ھڪ خوبصورت ۽ ڀاري موثر امتزاج. فارسي مثنوي ڪي ته ھو بلڪل ڪاڻ نه ٿي سگھيو، ليڪن ٻئي ٿيھ ڪيه پيش، تنھن منجھه روحاني غزلن ۾ ڇپت ڪس زن آيه ھي ته اردو ڪشمش ڏيھه ڏيھه ھي محمود جي ٿي شاعري جي ھندڪو دم. يه اوس پنھنجي ڪا ٿيبه ھنند ڪمال ڏسڻ ڏينه ھي پنھنجي ڪلام مان —

ڀاري منڌري مڌان وارو        ڪرسا ميون نيباري اندري

مگر يه اين ھمه اُسي اُهو اختيار سان سيکيو ليڪن ڪجھه مون ڪيتو تا ڪه ته شاعري ھنديس آسانس پيچھيھ ادب ڏني ياه شعله ناوڻس ھن پنھن ڇپيه ادا ڪران. روشن مير ته ناظم اُسي ھم عصر محمود گامي اوس پيمن دوه شيه ڏني واري ياه ڏنيھه. محمد يوسف ٽينگ صاحب يه ونڻن ز: "رسول میر کے وقت ہی سے اس کی تقلید شروع ہو گئی تھی۔ اور اس کا رنگ اور ان کے کلام میں منعکس ہونے لگا تھا۔ چنانچہ اس کے ہم عصروں میں ناظم اور مقبول کرالہ واری نہ صرف اس کے رنگ کو استعمال کرنے کی کوشش کرتے نظر آتے ہیں۔ بلکہ انہوں نے ان کی زمینوں میں اس کے اسلوب کو بھی استعمال کر کے اس کی تقلید کی کوشش کی ہے۔ مگر حق یہ ہے کہ کوئی بھی اس کے مخصوص رنگ میں اس کی گرد کو بھی نہیں پہنچا۔" ٽينگ صاحبن ڇاڪاڻ شايد اُهو سرسري ته طايرانه نظر ترائو ڇھ يه وڻ نمت. شايد ڇاڪاڻ ٽينگ صاحبس فارسي شاعري ھنديس وسي ڪاڻ يناتس ڪن نظر ڪيو. نته ۾ ڇھ ھي ٽينگ صاحب سعدي، حافظ، نظيري جامي: خاجو ڪرماني بيتر ڪيتھ يا ڇھ اُسي اُهو اُڪو ھنديس اسلوبس ته زمينس منز ليکھان. ته نوي نوي مضمون ته خيال پادِ ڪران. چونکه ڪاشرين اڪثر شاعرن پيھھ ته روزِ ڏيھه ني فارسي شاعرن ھنند اثر ته ھم ته روزي اُھو اُڪو ھنندڪر

یِمہٕ سارٕ ییٚے خصوصیات چھےٚ روٗسُل میرنِس ہمعصرن ہندِس
کلامس منٛز تہٕ موجوٗد۔ ناظم تہٕ چھُ یِم ساری لوازمات پوٗرٕ کران۔ بلکہٕ چھےٚ
واریاہن چیزن منٛز تِمس بیٚنہٕ ہمعصرن پیٚٹھ فوقیت تہٕ حاصل۔

## ناظم بحیثیتہٕ غزل گو

ناظم سٕندی غزل وُچھت تہٕ باقٕے عشقیہ شاعری وُچھت چھےٚ یِہ کتھ
نۄ پاٹھۍ نظرِ یوان زِ ناظم سٕند لب و لہجہ تُل تراو تہٕ عشق ، اکھ رموز و کنایات
تہٕ باقٕے لوازمات چھہ یکسر مجازی۔ تِمو سٕنزِ شاعری منٛز تہٕ تِمو سٕندین عشقیہ منٛز
تصوف تہٕ روٗحانیت ژھانٛڈ تلاش کرُن گوٚ لازمی کیٚنہہ گُزِھن۔ ناظمس ما آسہ
زندگی ہندین پیٚتین دوہن اورکُن خیال گومُت۔ مگر تیٚتھ ورتاوس
آوٕ نہٕ تِمس موقعہ۔ صوفی شاعری اوس تہٕ سارٕ نیہ ہُند ورتاو۔ شاعر ہیکن
واریاہ اُسِتھ پۄز صوفی ہیکن نہٕ ساری بنِتھ۔ شاعری منٛز تصوف ورتاونک
تُل تراو چھُ بلکُل الگ عشقیہ شاعری نِش۔ ایرانی شاعری ہندِس اثرس
تحت یتھ پاٹھۍ سانین باقٕے شاعرن پیٚٹھ اثر پیو۔ تِتھۍ پاٹھۍ روٗد نہٕ ناظم تہٕ
اَمہ نِش الگ۔ ناظم سٕنزِ شاعری ہُند اکھ بٔڑ باگہٕ مُعرکہ چھُ عشق و محبت۔ یہ چھُ
بلکُل مجازی۔ نہ چھُ یہ ماورائی تہٕ نہ افلاطونی۔ بلکہٕ سیٚد سیوٚد انسانی محبت
انسانہٕ سٕنزِ اُوٗرن چھےٚ عشق محبتس پیٚٹھے بیۆن دار ہُرُن۔ یُس تہٕ انسان ہُنز
بشتیاہ چھےٚ تِتھ چھُ عشق و محبت تہٕ۔ تہٕ اَمہ عشقک اگر چھُ حُسن، یُتہٕ نِس

---

(یِتھ مہ صنفکٕرفت نوٗکٕس باقٕے) لالہ چھٕنہٕ کانٛہہ مونث محبوبہ، وَنہٕ یوان
بلکہٕ عاشقس وَنہٕ یوان۔ یُس تہٕ نِس محبوبَس نِش ژالتہٕ گومُت چھُ۔

حُسن آسہ تتہٕ نَس چھُ عشق تہٕ پَنُن ژھینہٕ دِتھ۔ یوٗت حُسن مکمل آسہ تیوٗت
چھُ عشق تہٕ پُر جلاو آسان۔ شاعری ہُند اصل سرمایہ تہٕ چھُ عشق و محبتہٕ کُے
اِظہار، یمیٚلہٕ محبتُک جذبہٕ دِلَس منٛز وُزان چھُ۔ یہ چھُ بے اختیار پاٚٹھۍ تہٕ
بے واپہٕ زبانۍ سیٚتۍ ادا سپدان تہٕ یوٚہے جذبہٕ چھُ غزل بنان۔

ناظمس تہٕ اوس انسٲنی عشق و محبتہٕ کُے زیٚتہٕ دِلَس منٛز، مگر یہ زیٚتہٕ
تہٕ جذبہٕ ؤرتاونس منٛز چھُ سُہ تہٕ باقے دوستن ہنٛدی پاٚٹھۍ بلکل ایرٲنی رِوایتن
ہُند شِکار گومُت۔ ایرٲنی غزلَس منٛز یِم یِم خٲمیہ موجود چھےٚ تِمہٕ گےٚ وارہٕ
وارہٕ سارِنے کٲشرِ ین شاعرن ہیچھٕ حاوی۔ محبوب سُند بازٲری آسُن پتہٕ پیٚتھ
کٲنسہٕ سیٚتۍ زُلُن، سارِنہٕ بدن عاشقن سۭتۍ نچاوُن۔ عاشقہٕ سُند ذلیل
نالایق، اُلو کرُن یار سُنٛدِ دروازُک یا کوچُک ہیوٚن بنُن، آدعشقُک انتہا
زانُن۔ یار اگر شخصٕ کینٛہہ بے مثال اوس، پوٚز اخلٲقی لحاظ آسہ تمس سُند
سارِیے خٲمیہ۔ سُہ چھُ اپزیور، ظالم، ستمگر، حیلہٕ گر، مکار، دغاباز،
کینہٕ پرور، تہٕ فِتنہٕ ابساوُن وول تہٕ۔ یِم سارِیے خٲمی چھےٚ ناظم سُندِس
کلامَس منٛز تہٕ موجود۔ کٲشرِ ین اُس چونکہ پنٛنہٕ زیو رادیش، یِمہٕ کینٛہہ تِمو یِمو سٕنے
بجاے یمین ہنٛز تقلید کٕرۍ۔ کینٛژھا اُسکھ ذٲتی تجربہٕ تہٕ داخلی ہیجان تہٕ
اِضطراب کمی تہٕ۔ ناظم سُند اَمہٕ قسمُک کلام وُچھتھ چھُ باسان زِ ہرگاه
تمس شُنیٛح نہٕ اکنٛہہ موٗشوُس سپز تہٕ، مگر تِمن احساسن چھُنہٕ باسان
خوٗن جِگر سیٚتۍ۔ باسان چھُ زِ ناظم چھُ "شنیدس" تلہٕ ترٛاو کران تہٕ آتھ
"شنیدس" چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ وُشنیر باسان۔ مگر یوٗت یوٗت ناظم سُند شعور
پوٚختہٕ گو تتیُو سپدِس کلامَس منٛز گےٚ سلاست، شگفتگی، روانی تہٕ داخلی
ہیجان و اضطراب پاٚدٕ تہٕ "شنید" گو "دیدس" منٛز تبدیل۔ زورِ بیان۔

سوز و گداز، درد و اثر، خیال بندی، تہٕ سہل ممتنع تہٕ گوٚ اَتھی سیتھ بٲدِ۔

حُسن چھُ انسانہٕ سِندین لطیف تہٕ نوٗزُک جذباتن متاثر کران۔ ناظمس اوس قدرتہٕ کہ طرفہٕ یہ جذبہ بہ شدت عطا کرنہٕ آمُت، یُیتین تمِس حُسن تہٕ خوبصورتی نظرِ گَیہِ۔ سُہ گوٚ تمیُک سِنہٕ عشقس قوہ لابس اوٚند۔ چاہے یہ حُسن نسوانی اوس یا مردانہ۔ مردانہٕ حُسنس سیتھ چھُ تمیُک سُند برملا اظہار تمیٚ سِندیو وارِیاہو غزلو سیتھ نِشان، تِمَہ ساری غزل چھہ یِتھہ مجموعس منز شامل۔ مثلن ے

شُہنے رجب چھُ خوش تر — دِل ہیچھہ زوٗلمُ میٚے دِلبر
حقہٕ سُند یہ نوٗن چھُ مظہر — دِل ہیچھہ زوٗلمُ میٚے دِلبر

رجب اوس بانڈن سیتھ زٲنِ اَکھ خوبصورت چھوکرِ بچہ ـ بیا

حضرتبل اندرُو چھام — گُل روے پسرے باگہٕ رام
دوٚنہٕ ارمان نے میٚے ڈرام — گُل روے پسرے یاگہٕ رام
ھلوٗوُر چھُ میون روزِنا — سوزِ ناظم بوزِنا
عاشقن ہیچھ روز نام — گُل روے پسرے باگہٕ رام یا ے
آں شوخ پسر دل بردِ زے من — وٲنی توس یوٗرِ ہمہ چھیرِ نا بیئے بیتر

ناظم اوس برملا تہٕ بے واہ پننین خیالن ہُند اظہار کران۔ عام واعظن تہٕ مولوین ہِندی یا کتھ اوس سُہ خلوتس منز "کارِ دیگر مے کنند"[1] کِس طرزس پیٹھ عمل کران۔ ریاکاری تہٕ مکاری اُس تہٕ تمِس پننہٕ نِس

---

[1] زاہدان کین جلوہ بر محراب و منبر مے کنند ـ چون بخلوت می روند آن کار دیگر می کنند (حافظ شیرازی) ناظم اوس ازکہ واعظ تہٕ۔

آزاد مزاجس وَنِیہ وونی۔ شہ اوس شطرنجس سیٹھا شغف تھاوان۔ یمیک ثبوت

یم شار چھہ:-

شہس کوٚرنم رُخِس مات　　پیادس چھمنہ کانہہ بات

گُرِس تازِنی کرِتھ رات　　ژوٚلم ہیتھ باز لنٛگیے

ییتھے پاٹھۍ چھۍ ناظم نسوانی حُسنس مُتعلق تہٕ پننی جذبات تہٕ عشق

بے واپہ پاٹھۍ بیان کران تہٕ اَتھ ماملس منز چھۍ پننین ہم عصرن ذرا

برونٹھے پیٹھ ژامت۔ عربی شاعری ہندس جاہلی دورس منز اوس

عربس منز رواج پنٕنس ماشوقس سٕند ناو ہیتھ تمہٕ سٕندِ حُسنک تہٕ تمہٕ سیٕتۍ

پننہٕ عشقک ننگو پاٹھۍ اظہار کرُن اکھ عام رواج۔ فارسی شاعری منز چھے

یہ خصوصیت جامی یس نہٕ بیٚیہ خاصے کانٛسہ۔ اُردو شاعری منز چھۍ اَتھ

ماملس صرف اکھ اختر شیرانی (خلف محمود شیرانی مصنف پنجاب میں اُردو)

واحد مثال۔ کاشر شاعری منز چھہ روٗشل میرنی صرف اکھ مثال تہٕ سُہ گیہ

"کوٗنگی تہٕ ہاوتے پان"۔ اَتھ برعکس چھہ ناظم اکثر جاین پننین غزلن منز

تمن نسوانی حُسنہٕ پادشہن ہُنٛد ناو ہیتھ پننہٕ دِلچ ترجمانی نتہٕ وانہٕ کران۔

یمو تمس دِلس کانہہ تہٕ یا کُنہ رنگہٕ تہٕ اَتہ کوٚر۔ اَتھ سِلسِلس منز چھینہٕ ناظم

استعارن، رمزن، کنایَن تہٕ ابہام یا ایہام گوئی ہٕنز حدبندی تسلیم کران۔

مثالہٕ ہیکن واریاہ پیش سپدِتھ، مگر یہٕ کرٕ کینٛہہ پیش:-

دِل کوٚرم ژٕ سے پیٹھ تارِ منز دارِ عزیزو

میشِ گوٚم دیوانستہٕ زُلفچہ تارِ عزیزو

چھے چشمہ نرگس، زُلف سوٗنبل روٗے گُل ہی تن

ییم ژور گُل اکہٕ ٹھرِ بھوٚلی کمہ وارِ عزیزو

عزیز یا عزٕ اُس اَکھ خوبصورت طوائف، گیتہٕ رٕنیز، سعہ اُس گورج وایہ روزان۔ شہرس منز۔ ناظم اوس پکان اپارِ کنو۔ مدرٕ آواز بوزِتھ لوگُس دِل نارِ۔ یوز دایہ دروازٕ اُسو بند، تہٕ وہ برتھ سمول شخص زانتھ آوتہٕ اُمِس اوٚت کھٹکٕ، اجازتھ دِنہٕ۔ بیتھ بیٹھ ناظمن یہ سارٕے غزل اُنی تھے فی البدیہہ وٚنی تہٕ سوزن ہیوٚر عزیزس۔ یمہ بتہٕ ناظمس اَکھ حسنہٕ دربارس منز بیزتہٕ سان باریابی ہُند شرف حاصل سپد۔

اَسہ کِنہٕ حُسنس مے دِی نٔرِ سُیے     چھنہٕ دِل نیوٚتھ سعہ نِدرٕ ہیے لولو

گگُل روے دل جوے ماہ پیکرِ ییے     چھنہٕ دِل نیوٚتھ سعہ نِدرٕ ہیے لولو

ناظمہٕ وچھان دارِ تہٕ برٕ ییے     لو بیچ چھس پیکرِ ییے لولو

رٕوسے ہاو عاشق چھنہٕ سر سرِ ییے     چھنہٕ دِل نیوتھ سعہ نِدرٕ ہیے لولو

سعہ نِدر اُس اَکھ ہانٔز کوٚر، یَس وٚیچ بیارِ کھارِ یارِ بلہٕ ناوِ تھز روزان اُس۔

طوطس وَنتہٕ میانی زارٕی ییے     اَسہ سے روش ہأرٕی ییے

چانی لولن ہیے مأرِی ییے     اَسہ سے روش ہأرٕی ییے

ہأر اُس اَکھ بٹھز۔ طوطہ رام اوسُس ناوٚن۔ وٚیچ بیارِ اُس کھارِ محلہٕ، ناظمس ہمسایہ گی منز روزان۔ یوز یہ اُس ناظمن گوڈٕ عشق مقامٕ زانہ شاہ صاحبنہٕ آستان پیٹھ وچھمژ۔ تہٕ زن گوٚ پیٹھ یأ تھوس۔

سعہ کھ عاشِق مقام ہیو تھَم     سعہ کھ نیتھ زٕلے دِل تشنہٕ لو وتھم

زار بوزِ ہ: بأ زأرِی ییے     اَسہ سے روش ہأرٕی ییے

یا

چھو تھس بہ شوقہ مس تے     عشقن یہ پیالہٕ حباتو

ہی گرٕ مسے ذوقہٕ دستے     چانیے نخیالہٕ حباتو

سپچھے حُسن پور سامان        میون دِس تہٕ بٔرِن دامان
گاہ سبے رقیب ارمان        وچھ ہے جماوشبانو

پتھ ہشہ مثالہٕ ہیکن بیٚیہ تہٕ بُنیتھ۔ یم مثالہ چھےٚ ہاوان زِ ناظم
اوس حُسنس ستو پننہ شیفتگی دیوانہٕ وار تہٕ مردانہٕ وار ظاہر کران۔ تہٕ یتھو
ہوی غزل چھہ بقول عبدالاحد آزاد یہ ظاہر کران زِ ناظمس اوس "حسن بےحجابس
ستو دیوانہٕ وار محبت۔ مگر اکھ مطلب چھُنہٕ یہ زِ ناظم اوس بلہوس
یا اخلاق باختہ۔ یوت بےحجاب اسمتھ تہٕ چھُنہٕ ناظمن اخلاق، سنجیدگی
حیاء تہٕ شائیراہٕ پردٕ داری اَتھہ منز تراوِ مژ۔

عبدالاحد آزاد صُنٛد یہ وَنُن چھہ ذرا زیادتی یُتھ باسان زِ ناظم صٕندِس
کلامس منز چھُنہٕ نزاکتِ خیال یا امو صٕندِس کلامس منز چھہ تصنّع، تکلف
تہٕ فارسیت جاد یُتھ۔ یہ خامی چھےٚ ناظم صٕندین کم و بیش سارنے ہم عصرن
منز۔ مےٚ چھہ باسان زِ عبدالاحد آزاد صٲبن چھےٚ یہ راے ناظم سُنٛد کم قلیل
کلامہ وچھِت قائم کٔرمٕژ۔ ناظم صٕندِس کلامس چھہ خالص کاشُر زبانی منز
وار یاہ غزل یمن منز پُر خلوص جذباتی سحر کاری والہانہ تہٕ فطری محبتک مصاف
تہٕ شوٚد اظہار، دردٕ تہٕ سوز، اثر تہٕ تغزل تہٕ خالص "کشمیریت" تہٕ چھہ مثلن

عاشہ موٚت یاون نوٚلے ژوٚرے        وَنہٕ ہس نشہ ماشورے یان
پرہنگ یاکراوس رنگہ منورے        آیت بھوے زو تے جان
ییٚیہ تن ناوس کو نگہ کوستورے        وَنہٕ ہس نشہ ماشورے یان
بھیکہ ون ستارہ ڈیکہ کس پورے        زُنہٕ ڈیہ آفتاب چھس پھیران
دیہ نادرشن ییٚیہ نامورے        وَنہٕ ہس نشہ ماشورے یان

یا

دِل ژوٚر نیوٚنم لاج نس داوس        ہائے تس کمہٕ ہبری مے کن

زنگہ منڈ ورے پرنگ پاڑاوس
شہ نے ایہم تے بہتہ ماراوس
ناظم پینہ نے احوال باوس
کل مے گئے کلہ پادن تراوس

یا

عید آیہ چھم خوش حالی یے
چھم سۆرۍ پوشن چالی یے
سرمستہ چشمن ستو سے
چھورُس بہٕ زن کلہ والی یے
ناظم وچھس رتے دیدٕ دید
عاشہ مقامے عالی یے

یا

یم زار ونس بر دۆر
یا مار ٹلیکھ خنجر
بلبل چھہ بیہتھ با گل
نے روز گل نے بلبل
مس ڈیٹھم کلہ والن
چھم دۆر روزتھ زالن

یا

مے کرۍ مے پوشہ چمن
وچھر مے ہی نہ ستمن
متیو سپھے ماتنز نمن
یہ خورتھ خون کمن
ودہ زلی وٹھ لعل یمن

کینہہ نو شنگس راپہ تن
ہا سے تس کمو برہ مے کن
داد پن لو بم نو ژھین
ہا سے تس کمو برہ مے کن
کرۍ توبہ گوشن بالی یے
کرۍ توبہ گوشن بالی یے
رندس چھٕ ورے جام سے
کرۍ توبہ گوشن بالی یے
سئے عرفہ تے سئے روز عید
کرۍ توبہ گوشن بالی یے
کرسینہ شہ یاری نے
نتہ سانہ شبا روزے
مشتاق گومت بلکل
از عشق کہ تفا روزے
چھو رس بہٕ کنی پیالن
کرسینہ دوا سوزے
بمن ییتہ یار دماہ
بمن ییتہ یار دماہ
یہ چھے خون چھے نہ حنا
بمن ییتہ یار دماہ
یمن کیتہ چھے نہ بہا

خندس مول لعل تمن بنن پتہٕ یارٕ دماہ

یم مثالہٕ وُچھت چھِ صاف باسان زِ عبدالاحد آزاد صابن چھِے" ناظمس سیتی زیادتی کٔرمژ ہیٚلہ شہ یہ وَنان چھِ زِ" ناظم کے یہاں نازک خیالی تو درکنار ادنیٰ خیال بندی بھی نہیں ملتی ہے"۔ ہیٚلہ زَن آزاد صاب چھُ پانہٕ ناظمس مُتلق وَنان زِ" ناظم کو شعر وشاعری سے فطری مناسبت تھی۔ واقعات سے حقیقی شاعر کی طرح متاثر ہوئے تھے"۔

## ناظم تہٕ ہزل گوئی

ناظمن چھِ زِ ہزل یا ہجو اِرداہ کٔنہ وۄذِیٚ شہ عمر لیکھمژ ہتو۔ یم چھِ" اسہ لوٗز انگریزی ذریعے آئے" تہٕ" قدرِ بچھِ مُباکھ" واقِہ چھِ بیچہٕ پاٹھو سپدان زِ ناظمس آو بنہٕ پتہ چھتر بینہٕ سیتہ رشتہٕ مقرر کرنہٕ۔ یوٗز کِہے کال گٔژھتھ کوٗرِ نامولوٗم وجوہا تو کنہ ناظم سٕندِ کہ پتہ پچھوکہ تہٕ لچھ بچھِ یہ رشتہٕ کرنس پیٹھ اِنکار۔ ناظم اوس جوان، شوخ تہٕ چندی تمس لوگ دِلس شیٚخ ڈِکہ۔ یمہ کنہ تمۍ سوٗن دوٚگن وُچھنہٕ ورائے پنٕنس لچہ پچھوس" شاد گندی" یا ہجو لیوکھ، یمن ہزلن منز چھِے تمۍ پنٕنہٕ پتہ چھِ تہٕ بینہٕ ہندِ خاندرک نقشہٕ تہٕ مہراز شیٚز غالبہ بیان کٔرمژ۔ عبدالاحد آزاد چھُ ناظم سٕندِ کو ہزل وُچھتھ ناظمس" خاقانی" وَنان۔ تکیاز تمۍ گٔنڈِ مژ ہیچھے پاٹھو پنٕنس ہیبہٕ پابس شار۔ یمن ہزلن مُتلق چھُ جناب میر غلام رسول نازکی محمود گامی تہٕ ولی اللہ متو سیٚتز ذِکر کرنہٕ پتہٕ وَنان زِ :" اس زمانے میں ایک اور بلند فکر شاعر عبدالاحد ناظم ہے۔ جو بجبہاڑہ کے رہنے والے تھے اور جن کی وفات غالباً ۱۸۶۵ء میں ہوئی ہے۔ غزل، نعت، مثنوی اور رد

کے علاوہ اس گراں قدر شاعر کی کچھ ہزلیات بھی ہیں۔ مگر افسوس کہ وہ
کہیں محفوظ نہیں ہیں۔ بعض دوستوں تک زبانی سلسلے سے آ رہے ہیں لیکن
آنے والے چند برسوں میں وہ بھی اللہ کو پیارے ہو جائیں گے۔ جن کا
حافظہ ان انمول موتیوں کا خزانہ ہے۔ اور اس طرح سے وہ گراں مایہ
متاع ہمیشہ ہمیشہ کے لئے ضایع ہو جائیں گی۔ ناظم کو ہزل کہنے کی "اولیت"
حاصل ہے۔ اور لطف یہ ہے کہ ان کا ہزل ایسا نہیں کہ اس کو بیان نہ
کیا جا سکے۔ مہدی اور حکیم حبیب اللہ نے بھی ہزلیات کہی ہیں۔ مگر ان میں سے
اکثر حصہ ایسا ہے کہ اسے شاید قلمبند بھی نہ کیا جا سکے"۔ یہمہ دمئو ہزلو ورأ
تہ چھ ناظمن اکے ژکے کیشہ ہزل وئنی مہتہ۔ یوّزتم چھینہ اہم۔ امہ علاوہ
چھ ناظمن طنز و ظرافتس منز تہ پنن طبیعہ ہہتہ آزموومت بشلن ناظم
شند "پیشس ناہہ"۔ مگر ناظمن ترأو ہزل گوئی ژلیہ، شاید جوانی منز سے
تیمیاز شہ اوس اکہ مذہبی عالمی، تہ روحانی خاندانک فرد۔ یتھیہ خاندانہ
منز کانسیہ تہ ہزل گوئی تمہ سندس شانس شایان آس نہ۔

# ناظم تہ مرثیہ گوئی

ہزل لیو کہ ناظمن زندگی ہندیس اکس حادثس پیٹھ۔ تہ اکہ
شزاوس انتقامی جذبہ کار فرما۔ مگر مرثی لیچھ ناظمن سینہ کین نوزک
پردن پیٹھ لوہ کٹن بأسہ سندس مرنس پیٹھ زخم لگنہ سیتی۔ ناظم سند
بابر چائبس اکھو زور فرزند۔ ناظم اوس دوئیم فرزند تہ آیت اللہ اوس
ژوئیم۔ ناظم سندس خاندانس بلکہ وئیچہ بیار کین اکثر پیرزادن اوس
پیر مریدی ہند سلسلہ جاد یہتہ پہاڑن (کشتواڑ، بھدرواہ) تہ پنجاب

(پٲکستان) کین علاقن منٛز آیت اللہ اوس گوٚمت کوٚنٹ تام کس تام
مرثیس نِش۔ یِیتہٕ شہ لوٚکہٕ چار سے منٛز آڈ ژوٚٹ گوٚو۔ موصوٗم ہاے شُند پردیس
منٛز مرُن گوٚو ناظمس وارہ مُشکل تہٕ کرٕ بٕژھ۔ اَمِیُک اثر بیوٚو ناظم سٕندِس
دِلس تہٕ ذہنس پیٹھ سیٹھا جاد پٲٹھ۔ تِمہٕ لیٚکھ لوٚتس پتہٕ نوٚ مرثیہ
یِم زن محبتُک، ہمدردی، درد و سوزُک تہٕ انسان دوستی ہُند بے مثال
تہٕ لازوال شاہکار چھہ۔ یِمن منٛز چھےٚ برپوٗر ادبیت، علمیت تہٕ خلوٗص
دِل۔ کامِل صابُن گُف چھُ زِ "ہرگاہ ناظم یِمن کلامہ لیکھِہ ہے شُہ آسِہے
مُنفرد۔" (کامِل صابس سیتۍ زبٲنی گفتگو بتاریخ ۶ مارچ ۱۹۶۷ء واقع
تاج ہوٹل سرینگر) پزر گوو یی زِ ناظم چھُ اکھ ہادانس منٛز بلکل منفرد
تہٕ تِمس چھےٚ اتھ سِلسِلس منٛز پننِین تمام ہم عصرن پیٹھ فوقیت حاصِل۔
یِمن مرثین منٛز چھُ بے انتہا درد و سوز، خلوٗص، اثر آفرینی، خیال
بندی، نزاکت آفرینی تہٕ اندرٕ کنی ہیجان انگیزی، باسان چھُ زِ ناظم چھُ
وژھہ وٲنِتھ پننہ دِلُک ترجمانی کران۔ ناظم چھُ صحیح کیس خوش گوار تہٕ
لطیف ہونیس پاگام بربٕناوان تہٕ تسُندُ اکھ پننہ نِس حاکمس پایس
گرادتہٕ شیشچھ سوزان، تہٕ پننہ دِلُک آکھ تہٕ داغ شیمہ لاوان۔ ناظم سُند
ہفت بندو پتھ چھُ فارسی زبٲنی ہُندِس مشہوٗر شاعر مُلا محتشم کاشی
سُند مشہوٗر ہفت بند مرثی یاد پاوان۔ یُس تِمو حضرت امام حُسینؓ سٕندِس
شہادتس پیٹھ لیوٗکھمُت چھُ۔[1]

---

۱؎ محتشم کاشی (سنہ ۹۹۶ھ مطابق سنہ ۱۵۸۸ء) لیوٗکھ یہ مرثیہ شاہ طہماسپ
سِنزِ فرمایشہ پیٹھ۔ اتھ منٛز چھِہ کُل ۱۹۶ شار۔ اَمہ پتہ زبٲنی منٛز (باقی برونٛہ کُن)

باران چھ ژِ ناظمس ما آسہ ہے محتشم کاشی سُند مرثیہ تہٕ مولانا جامی سُند "مرثیہ شیخ سعدالدین" نظر گومت۔ یا چھ ناظمن جامی سُند بیاکھ مرثیہ یُس تمہٕ پنٕنس برادر محمد جامی سندِس مرنس پیٹھ لیوکھمت چھُ نظرٕ تل اوسمت۔ ییمن اندازٕ چھُ ژِ ناظم سندین مرثیَن پیٹھ پٕچھ جامی سُند زبردس اثر[1] بہرحال ناظم سندِس یمہٕ مرثیہ چھہ کانٹھرِس

---

(پتھ بہ صفحک فُٹ نوٹ چھ باقی ہن:) چھینہ غار موضوعی سلامتی تہٕ بے ساختگی ییٚتہِ اصلی درد تہٕ مذہبی احساس۔ یہ چھ ییتھہ پاٹھو

برخوان غم چو عالمیاں را صلا زدند۔ اول صلا بہ سلسلۂ انبیاء زدند

(تاریخ ادبیات ایران۔ ایڈورڈ براون)

[1] جامی سُند مرثیہ شیخ سعدالدین چھُ ییتھہ پاٹھو

صاحبدلان کہ پیشتر از مرگ مردہ اند

آب حیات از قدح مرگ خوردہ اند

اتھ چھ ییٚتھہ بندس منز اٹھ شار، ستھہ شار اکی ہے ردیف قافیس منز تہٕ اٹھیم چھہ منفرد۔ جامی سُند دوٚیم مرثیہ یُس تمہٕ پانے پنٕنِس مرنس پیٹھ لیوکھمت چھُ؛ چھُ ییتھہ پاٹھو

ہر دم زمانہ داغ جگر بر جگر نہد یک داغ نیک ناشدہ داغ دگر نہد

اتھ تہٕ چھ ہر اکِس بندس منز ستھہ ستھہ شار اکی ہے ردیف تہٕ قافیس منز، تہٕ اٹھیم چھہ الگ۔ یہ چھ برابر ستھہ بند۔ بلکل چھُ ییتھے پاٹھو ناظمن تہٕ پنٕن ہفت بند مرثیہ لیوکھمت۔ امیک اکھ بند چھو تہٕ بیتہ و چھو ناظم سُند مرثیہ تہٕ (باقی برٕونہیمس صفس پیٹھ)

اَدبس اَکہ لازوال سرمایہ۔ ہمن مرثیئن برعکس چہ محمود گاہی ئسشند "شاہ سلطانو لگہ یو" یا "نادلائے میانہ یوسفو وہ لو" بلکل عامیانہ تہ بے جان باسان۔ مقبول شاہ کرالہ واڑہی گو، ناظمس ہینہ فوت تمی چہ ناظم سندی مرثیہ مدنظر دقاوُ ہنہ پینو مرثیہ لیکھو متو۔ مگر باسان چہ زُ ہتر ہندکی پاہٹو چہ مکایہ گکس زورِ پان وُلان۔ تیکیا زُ ہترُ کل ہیکہ نہ ہینہ ہین اَنگن بیہہ اِستاد رُوزِ ہتہ۔

## ناظم تہ مثنوی گوئی

فلحال چہنے ناظم ہینہ زے مثنوی تا بدس آمرش اَکہ "زیب العربہ"

---

(ہٹومیہ عقفک باقی فنظ نوٹ:)

خیزای نسیم و در بہ حریم چمن بپرس — وز ہر گل و گیاہ چمن یک سخن بپرس

زان گل کہ می رسد کفن سبزہ کردہ پاک — حال حریف خفتہ درون کفن بپرس

بنگر بہ "تازہ روئی نورستگان باغ — پژمردگی عارضش از نسترن بپرس

چون شمع لالہ بزم فروز چمن شود — زان شمع نوربخش بہار انجمن بپرس

سروی بجوی بر لب آب روان زو — احوال ناروائی آن نارون بپرس

فرش حریر سبزہ چو آری بزیر پای — چونست زیر خارہ و خار آن بدن بپرس

سوسن چو با زبان بنائی کند حدیث — از خامشی آن لب شکرشکن بپرس

آید پس از بہار چمن را خزان پدید
فصل بہار باغ مرا چون خزان رسید

(دیوان عبدالرحمن جامی۔ باہتمام دانشمند منظم ح۔ پژمان۔ از انتشارات حسین محمودی جلوخان مسجد شاہ۔ چاپخانۂ حیدری۔ تہران، ایران۔ صفحہ ۲۹۳-۲۹۷)

یس غلام محمد نور محمد تاجران کتب مہاراج گنج سرینگر سٕند ذٔریعہ وار یاہ لٔٹہٕ اُدٕر کھٔل گژھنہٕ چھاپ پیوٚمژ چھےٚ تہٕ بیٚیہ "قصہٕ منصور حلاج" یا "منصور نامہ"۔ منصور نامہ چھُ یتھہٕ تٔمۍ عنٛس منٛز شأمِل تہٕ زین العرب چھےٚ اَڈ مثنوی۔ بیٚیہ کینٛہہ الگ چھاپ سپٕد۔ امہٕ ورأے چھےٚ نأظمہٕ سٕنز مثنوی "یوسف زُلیخا" تہٕ بیٚیہ ترٛکیٚشأن مُبہم مثنوۍ ین ہٕنٛد نیب میٛلان۔ پوٚز یوٚتان یہ صحی طور تامُبہٕ گژھنہٕ توٚتان ہیکوٚ نہٕ أسۍ یمن مُتلق کینٛہہ تہٕ وٕنِتھ یا کانٛہہ رأے قأیِم کٔرِتھ۔ منصور نامہ چھُ بلکل تِتھۍ بحرس اندر، یتھہٕ اندر مقبوٗل شاہ کرالہ وارۍ سٕنٛد منصور نامہ، محمد یُوسف ٹینگ صأبن "کُلیاتِ مقبوٗل کرالہ وأری" ناوس منٛز اکادمی ہٕنٛدہٕ طرفہٕ چھپوومُت چھُ۔ نأظم سٕنٛد منصور نامہ چھُ باسان نأظم سٕنز سعہ کٔو شعرن یتھہٕ نظرِ ثأنی کٔرِتھ آے۔ روأنی، سلاسژ تہٕ "آمد" چھُ اَتھ منٛز تہٕ موجوٗد۔ مگر فنی پوٚختگی تہٕ کینٛہہ نہٕ۔ بیٚیہ چھےٚ یہ مختصر۔ باسان چھُ یی زٕ مقبوٗل شاہ کرالہ وأرۍ چھُ نأظم سٕنٛد یہ منصور نامہ نظرِ تل تھٲوِتھ، پنُن منصور نامہ تحریر کوٚرمُت یتھہٕ منٛز تفصیل تہٕ چھُ تہٕ فنی پوٚختگی تہٕ (اگر زن یہ مقبوٗل شُہُن منصور نامہ چھُ، اَتھ متعلق چھُ مےٚ اِتماد کم پہن گومُت)

## مثنوی "زین العرب"

مثنوی "زین العرب" چھ زین العرب (یٔمس ناو آوس رابعہ) تہٕ تٔمۍ سٕنٛدس ہأے سٕنٛدس غلام یکتاش (یا بکتاش۔ بحوالۂ الٰہی نامہ شیخ فرید الدین عطار نیشاپوری۔ بہ تصحیح فواد روحانی۔ چاپ تہران مصور۔ تہران۔ شہریور ۱۳۳۹ صفحہ ۲۵۹ تا ۲۷۵) سٕنٛدِ عشقٕچ داستان۔ بُنیادی

قصہ چھُ حضرت شیخ فریدالدین عطار (متوفی ۶۲۹ھ سنہ ۱۲۲۹ء) سٕنٛز الٰہی نامہ منٛز یِنہٕ آمُت۔ قصہ چھُ یِتھ پٲٹھۍ زِ اَکِس بادشاہس یا خلیفس أسۍ شےٚ نیچۍو۔ یِمن پرٕژھ اَکہ دوہ بادشاہن زِ تُہۍ کٔرِو پننۍ اَکھ اَکھ خٲہش بیان یوسہٕ بہٕ پوٗرٕ کرٕ۔ یِم چھِ ساٲری پننۍ پننۍ کتھ ونان۔ مگر یِہنٛد مول (خلیفہ) چھُ یِہنٛزن خٲہشن ہوس پرستی وُنِتھ مختلف دلیلو سٕتۍ کتھ سٕتۍ رد کران۔ زین العرب یِہنٛد قصہ چھُ شیٚیمِس نیچِوِ سٕنٛدِ سوالُک جواب۔

یہ مثنوی چھُ اَکھ تٲریخی واقعہ۔ بلخ ناوُک اَکھ شہر (وسط ایشیا) اوس، اَکھ بادشاہ کعب۔ تٔمس أسۍ زٕ شُرۍ۔ حارث (فرزند) تہٕ رابعہ (کوٗر) یٔمیس لقب اوس زین العرب۔ مول مرنہٕ پتہٕ بیوٚٹھ حارث تختس۔ اُمیس اوس اَکھ غُلام یٔمیس ناو اوس بکتاش (یا۔ بکتاش) اَکہ دوہ گٔیہ رابعہ اَتھ سیٚتۍ عاشق بیٚیلہِ شہ اوس حارثنہٕ سٕنٛز اَکِس شاہی مجلسہ منٛز گیوان۔ بہر کیف "دونوں طرف تھی آگ برابر لگی ہوئی" دوشوٕنۍ دِیُت عشقہٕ نارن جلاو تہٕ مختلف مرحلہٕ طے کران کران گوٚ چھیکرس یِمن ہُنٛد عشق نون۔ حارثن بیٚیلہِ یہ بوٗز تٔمۍ ترٛوو بکتاش اَکِس اَنہٕ گٹہٕ کُرِس منٛز تہٕ پننۍ بیٚنہِ زین العرب کٔرِن اَکِس تَنِس حٔمامس منٛز بنٛد۔ بیٚنہِ سہ ژھرٕ ژھرٕ کران مَعہ یہ۔ ناڑیو سٕتۍ چھِ تٔمِس رٔمس رٔمس خوٗن پھٹان تہٕ تٔمہِ خوٗنہٕ سٕتۍ چھےٚ سہ حمامہ چِن لیٚکھ مِنٛژھ بکتاشس سٕنٛدِ خاطرٕ شار تہٕ غزل لیکھان یلہٕ اُمہِ سٕنٛدِ مرنہٕ پتہٕ

---

لہ مولانا شبلی یِن چھُ رابعہ دختر کعب سٕنٛد ذکر شعر العجم (حصہ اول) منٛز کوٚرمُت۔ تہٕ رابعہ سٕنٛد یہ شار درج کوٚرمُت۔

(باقی برونٛہِمِس صفحس پیٹھ)

چھُ حارِث افسوس کران تہٕ وزیرَن ہُنٛزِ شِفارِشہِ سیٖتؠ بکتاشَس کیٖز منٛز رٔٹھ
کران۔ مگر بکتاش چھُ حارِثس قتیٖل کران تہٕ پننہٕ پان تہٕ ماران۔ شیخ فریدالدین
عطارن چھُ یہِ قصہٕ گۄڈٕ تھٕ زورہِ ہتھ تہٕ ترٛوٕہِ[۴۲۳] شارن منٛز بیان کۄرمُت

---

(پتمہِ صفحُک فُٹ نوٹ باقؠ:)

دعوت من بر تو آں شد کایزدت عاشق کناد
بر یکے سنگین دلے نامہرباں چوں خویشتن

زین العرب تہٕ بکتاش سُنٛد عشقُک قصہٕ چھُ سامٲنی پادشاہن ہُنٛد
وقتُک تہٕ رودکی سُنٛد زمانُک واقعہ۔ (نفحات الانس) ناظم تہٕ چھُ جامی
سُنٛد "نفحات الانس" کتابہِ ہُنٛد حوالہ دِتھ زین العربہِ ہِنٛدؠ پانژٕہ
شارٕ پننہِ مثنوی منٛز درج کران تِم چھِ یِتھٕ پٲٹھؠ

عشق را باز اندر آوردم بہ بند    کوشش بسیار نامد سودمند
عشق دریائے کرانہ ناپدید    کے تواں کردن شناب اے مستمند
عشق را خواہی کہ تا پایاں بری    بس کہ بپسندید باید ناپسند
زشت باید دید انگارید خوب    زہر باید خورد انگارید قند
توسنی کردم ندانستم ہمی    کز کشیدن تنگ تر گردد کمند

مولانا جامی چھُ "نفحات الانس" منٛز آخرس پیٹھ زین العربُک
ذکر کران بہ عنوان "دختر کعب رحمہا اللّٰہ تعالیٰ" تہٕ ییٚمہِ چھُ یِمے پانژٕہ شار
نقل کران بہ روایت شیخ ابوسعید ابوالخیر۔ یِمَن پانژَن شارَن ہُنٛد ذکر چھُ
فارسی ناول "رابعہ دختر کعب" (ناصر نجمی) منٛز تہٕ۔ صفحہ ۵۳۔ مگر اتھ پیٹھ
چھُ گۄڈنیُک شار یِتھٕ پٲٹھؠ: عشق او باز اندر آوردم بہ بند

تہٕ یہ چھُہ آلٰہی نامک اکھ[21] اہم مقالہ۔

ناظمن چھُ کٲشرِ پاٹھۍ مثنوٮ۪یاتی ترتیبس منز شیخ فرید الدین عطاؔر[22] بلکل آزاد ترجمہ کوٚرمُت۔ تہٕ عطاؔرنِس مثنوی نیصفہ کھۄتہٕ چھِ شار یا نے ۵۸۹ شار ہُرراوِتھ تہٕ اَتھ اَکہ باقاعدٕ مثنوی ہُند رنگ عطا کوٚرمُت۔ یہ چھُ المیہ قصہ تہٕ ناظمس اوس یہ پانس حسب حال بۄزمہ کنہٕ ناظمن، اَتھ پننہِ خونِ جگرٕ سیٚتۍ رنگ تہٕ روغن کوٚر۔ یہ مثنوی کٔر ناظمن ۱۲۶۱ ہجریس منز مکمل یتھ لیٚلہ سۭ حرف ترجمہ[23] ووٚہراوس۔ اَمہ پتہٕ روٗد ناظم حرف پانٕسٕی وری یتھ زِندٕ۔ اَتھ مثنوی متعلق چھُ عبدالاحد آزاد ونان: "مثنوی میں (ناظم) محمود گامی کے پیش کیے ہوئے خاکے میں رنگ بھر لیتے ہیں" آزاد صٲبنہ یہ وَنُن بلکل بے جا تہٕ غلط۔ تکیا زِ سہ چھُ پانہٕ تہٕ یہ تسلیم کران زِ تمہٕ ووٚچھ یہٕ آلٰہی نامہ براہِ راس کینہہ تہٕ یمہ کنہٕ سۭ ہیٚوٚکنہٕ ناظم سٕندِس مثنوی ہُند کانہہ تنقیدی تجزیہ کٔرتھ۔

مثنوی "زین العرب" ہند طرز، اسلوب تہٕ Diction ووٚچھتھ چھُ بلکل صاف باسان زِ ناظم چھُنہٕ اَتھ جایہ "محمود گامی کے پیش کیے ہوئے خاکے میں" رنگ بران۔ ناظم سٕنز یہ مثنوی چھےٚ ہمہ رنگہٕ، اَکھ معیاری مثنوی تہٕ امیُک انفرادی رنگ چھُ مختلف کھۄتو سیٚتۍ ظاہر سپدان۔ امیُک بوٚڈ حسن چھُ واقاتن تہٕ جذباتن ہٕنز صحیح عکاسی تہٕ ترجمانی۔ خوٗدٕ سوٚ حسن چھُ پُر حسن جادٕ سہ نوٗن باسان یتھ لیٚلہ زن ناظم، یکتاش سٕند گیوٗنک منظر یا تمہٕ ہٕنز نقشہ یا یکتاش سٕندِ آہ و زاری کٔرنٕک داقہ پیش چھُ کران زین العرب مرنہٕ پتہٕ۔

کینہہ مثالہ:

[1]

ووچھن در پیشِ شاہ یکتاش خوش باش کرن بلبل صفت غلغل تہٕ شاباش

شہ زخمہ نوئن زن زخم دلس ہیچ — ڏ چھت تنس زیر و بم زیرو زبر گوٗ

غزل خوان دیدہ بر ساز حزینہ — ڏوان زین العرب ناخن بہ سینہ

کران بکتاش ٻیڙ نغمہ سرائی — مران زین العرب ز آشفتہ رائی

دوان ناخن گھے بکتاش تارن — ڏوان زین العرب خب تار چارن

گھے بکتاش از مستی بہ حالی — دوان از چنگ سازش گوشمالی

گھے سیتار اوس از دست تراون — بہ مستی دس تہ بردس اوس چھاوان

مدن گاہ پیچھ جبینس جیب بہ مستی — الن تنس کاکل شکین بہ مستی

لرن زابروی آہنگ اشارہ — گرڌھان ٻیڙ بے نوا عشاق مارہ

زین العرب ہنیز داے چھئے خط ہیچھ بکتاش نش گرڌھان

تہ تمس چھئہ صبر و آرام راوان۔ گرہ داے چھس وَنان سہ

مدارا کو ریہ دایئے اشک کم تراو — گرفا چھنہ عاشقی دل بر وفا تھاوٗ

چھکھے عاشق ژہ یارس پتہ زوگال — وصالِ دوست می یابی بہر حال

چھکھے عاشق زجان و دل گذر کر — ژ زندے پانہ ہرگس کن سفر کر

چھکھے عاشق ز بدنامی مبر غم — ڏنے کہ پانہ دل تھاو شاد و خرم

کرکھ یوٗد صبر سپدی مشکل آسان — نتے دشوار چھئے واتن تمس تان

نباشد عشق کاہل بلہوس را! — نباشد سوز پروانہ مگس را

زین العرب پیٹھ تنس حماس منز قائم کرکھ سہ

حماس دار تہ بنز کرکھ کرکھ بستہ — کرکھ بند تختہ اندر مہ روئے خستہ

در آتش خانہ از دل کوٗرنہ فریاد — روانی سعہ سے ڏوان نالہ ز بیداد

پدن چھنہ دیہہ کھوٗتس در چشم بادام — ز اشک خون سپنہ رنگین بادام

ڏوان ڈھرٹ تاو منز چون زند ماہی — گمڑ مضطر ٻیڙ از فرش ماہی

حما مٕنٛک نارِ عشقٕکٕ ناریک جا
پیٚوٚمُت تقدیرِ عشقٕس کار ییٚچھا

گُلمَن اُس از شبابہ خوٗن درآں روز
لبن لیکھن بخوٗں شعرے جگرسوز

ولو دلدار وُچھتم حال کیا چھُم
بہ آتش چانہ پُرِژھ احوال کیا چھُم

بہشتی رویہ دُزسو دوزخس منٛز
رواں چھُم جوے اشکٕہ خوٗن رخس منٛز

یہ اشکے خوٗن بر روے نکوئی
میانے عاشقاں چھُم سُرخ روئی

نصیبِ عشق این آمد زِ ناگاہ
کہ در دوزخ کنندم زندہ ناگاہ

خاٗر پٕرِژھ مثالہ ہیٚکَن واریاہ پیش شیٚتھ۔

اندازٕ چھُ باسان زِ ناظمس ما آسہ ہے اُمرس "عشقِ مجازی" ہنٛدِس ماٗدانس منٛز تھٕکِت عشقِ حقیقی یاد پیوٚمُت۔ ییٚتھ سٕہ الحرفہ مثنوی ہنٛدِس آغازس منٛز ذکر چھُ کران۔ ییٚمِیہ چھُ آمہ مثنوی ہنٛدِس خاتمس پیٚٹھ ننان زِ ناظم اوس خواجہ حبیب اللہ ناندٕگامی (متوفی سنہ ۱۲۸۶ھ) سُند مُرید، تہٕ تِمہ اوسُس روحانی مرشد۔ خاجہ صاب اوس سوٗلُک کُبروی سِلسِلس سیٚتی تعلُق تھاوان۔

## ناظم تہٕ نعت گوئی

ناظمن چھےٚ کیٚنٛہہ نعت تہٕ منقبت تہٕ لیکھٕمٕژ۔ یِمن نعتن کُن وُچھتھ باسان زِ ناظمس اوس آنحضرت صلعم تہٕ بزرگانِ دین تہٕ اولیائن سیٚتی والہانہ محبت۔ تِمُہ سِنٛدِ کیٚنٛہہ نعت چھےٚ سیٚٹھا مشہور۔ یِمو منٛز قابلِ ذکر چھےٚ یِم ؎

چھُکھس دوٗر پیوٚمُت گژھتھ روٗدُم بارِ مدینس
تِمہ نوٗرٕ روشن سپدٕ در و دیوارِ مدینس

یا سہ

عربٕکۍ سردارٕ بِچھہِ ہوۍ بے پادَن    عاشقن گوشس فریادن ہتاو

یِم ساری نعت شریف تہٕ اولیاہن ہٕنٛز منقبت چھےٚ ییٚتھ
مجموعس منٛز شامل۔

## ناظمٕ تہٕ تِمٕہ سٕندۍ شاگرد

وَنِنہٕ چھُہ یِوان زِ ناظمس اوس واریاہ شاگرد، یِم زَن ناظمس
نِشہٕ اِصلاح ہیٚنِتھ حاصِل کران اٲسۍ۔ تِمو شاگردو منٛز چھُہ دیٖن مُتلِق
آزاد تہٕ تیٚنِہ گُل ریز رسالس منٛز ذکر سپُد مُت۔ یِم اٲسۍ اکبر بٹ ساکنۍ بڑی
گام اِسلام آباد، تہٕ سمد گنی یا قصاب (ساکن ڈورو) یِمو اَتھ سلسلس منٛز
چھےٚنہٕ میٚہ نِش کانٛہہ تہٕ موتبر تہٕ باوثوق تحریری یا زبٲنی شہادت موجوٗد۔

## ناظم کتہٕ اوس ونیہ بیار بسان

ناظم اوس جامع مسجد نِش تھٕنٛگو مکانس منٛز بسان یُس نہٕ از کل لسہ
بٹ گلکار (مرحوم) ہٕنٛز آشنٕہ مساۃ خاتی تہٕ تِمہٕ سٕندۍ شُر چھِ بسان
گوڈٕ کُن آمہ مکانک یِنۍ شجرہ غلام مُصطفےٰ المعروف مُسہ شاہ ناظمن
(دیُس آکھرِ چھُ بسان۔ ناظم اوس اٲسۍ بُڈی بب) تہٕ یتہ کُن یِنۍ شجرہ
مولوی غلام رسول واعظن۔ مولوی غلام رسول سٕنٛد اَکھ فرزند نوُر الدین چھُ
وۄنۍ اٲتی پنٕنۍ ملہٕ ہٕنٛدس مکانس منٛز بسان۔

## ناظم سٕنٛز قبر

ناظم سٕنٛز قبر چھےٚ حضرت بابا نصیب الدین سٕندِس آستانہٕ

آنگنس منز خانقاہ کِس دروازس دچھنہ کنہ تہٕ یہ قبر چھےٚ وُنہِ تہٕ موجود۔
ناظم صٲبنٕد شاعری سرمایہ یُس یتھ مجموعس منز شامل چھُ۔ یہ کوٚر
ناظمن پننہِ عُمرِ ہندِس اکِس قلیل وقتس منز تخلیق۔ یہ سوروٕے سرمایہ
مدِ نظر تھاوِتھ ہیکو ؤنِتھ زِ ہرگاہ تس بٔیہ تہٕ کینہہ کال زِندٕ
روزِہے تمہِ سٕنٛدِ قلمَن آسہٕ ہن واریاہ تھٕکیٚنہ لایق شاہ پارٕ تخلیق
کٔرِتھ ناظمہِ سٕنٛدِ خاطرٕ کاشرِس ادبس منز اکھ جان، ڈیکہِ گژھن تھوٚد تہٕ
منفرد مقام پاٛدٕ کوٚرمُت۔

## پوٚت کتھ

یہ نام صٲبنٕد یہ مجموعہ چھُ۔ یامہٕ رنٛدٕ وٲرِ ین ہمیٚنز حبر آزما کوشش
ہمند نتیجہ، یُس وٕنی پِزٕ اتھ منز آسن واریاہ خامیہ تہٕ موجود۔ یُس باکس تہٕ
کانہہ تہٕ دعوا کرِتھ زِ یتھ مجموعس منز کیاہ چھُ ناظم صٲبنٕد سوروُے کلام
درج۔ یہ چھُ بلکل ممکن زِ ناظم صٲبنٕد واریاہ کلام آسہ زمانٕکیو حادثو تہٕ
تہٕ ناظم صٲبنِ وارثن ہنزِ لاپرواہی کنہ تہٕ ضایع گومُت۔

ویچہ بیور، کشمیر
فروری ۱۹۷۷ء

پروفیسر غلام محمد شاد

# ناظمؔ سُنٛد پیرٕ وتُر

حاجی شیخ فتح الدین عبدالرحمان (حاج بابا)
خلیفۂ بابا نصیب الدین غازی

- بابا محمد زاہد
  - بابا خیراللہ
    - بابا محمد رستم
      - بابا کمال الدین
        - بابا عبدالرشید یا عبدالرسول۔ (نیتھ چھُ بیتہٕ گنڈ یوٗ یکھٕ کالٕ گژھ حقہ نزٕے شُرِ زاس تیٚ مرنہٕ وزِ زادس جوان)
          - دختر — مفتی محمد جعفر مقبل ۱۲۰۸ھ - ۱۲۸۱ھ
  - بابا محمد اشرف
  - بابا عزت اللہ
    - بابا محمد حسن
      - بابا محمد خلیل (داماد بابا عبدالرشید والد محمد جعفر مقبل)
        - بابا یحییٰ شاہ
          - بابا سعدالدین
            - مولوی محمد شاہ
              - مولوی عبدالوہاب، مفتی محمد عبداللہ
              - مفتی محمد سعید
              - محمد امین
      - بابا محمد جعفر قاری
      - بابا نورالدین واعظ
        - بابا امیر شاہ اعمیٰ - لاولد
        - بابا عبدالاحد ناظم
          - بابا احسن شاہ
            - مولانا عبداللہ شاہ
              - مولوی رسول شاہ واعظ
                - مولوی نورالدین المعروف ناظمیؔ
                - عتیق اللہ ٹیچر ساکن کولگام
            - غلام مصطفیٰ شاہ المعروف مُسہ ناظم (لقید حیات) ساکن ناپہ آکھرن
            - علی شاہ ساکن ژٕین ارٛیگام
            - سعدالدین (لہ کچارنے منز گوٚو فوت)
          - بابا امیرالدین (لاولد)
        - بابا عمر شاہ المعروف وُہر بیر
        - بابا آیت اللہ (ژوٗرِ ہیٚ گوٚو جوانی منزٕے پردیس منز فوت)
      - فرزند
      - فرزند
  - بابا ضیاءاللہ
  - دختر



صبا ته کړه خبر دل قرار د تمنا — کتاب باش شه دل در کنار د تمنا

ز دیده گرم، سینه آتشین تر کشت — مے نقد جان چه کړ شے نثار د تمنا

به زخم خون دل هر ن چه ځم از مژگان — ز مو قلم مے کوه رم ز رو نگار د تمنا

به چشم جلوه ښین هر ته رقدود در صحرا — شه شهسوار به عمر مے شکار د تمنا

ډیکس چه سه رخ زندن تس سیاه و نیمه گمن — به رسیم قوس قزح در بهار د تمنا

و شے مے باغ و چه ځم زاه سینه داغ اچهت — شه سرو ناز در بن لاله زار د تمنا

به قتل ناظم دل خون کشیده تیغ فراق

مرتس به لوله شه گل به مزار د تمنا



مے کړو مے پوښه چمن — بمن پیته یاره دما

دوه پهرو مے هی ته یسمن — بمن پیته یار دما

متیو سے چه مائتز نمن — ته سے چه خون سے چه نه غنا

یه هوه تحه خون کمن؟ — بمن پیته یار دما

سے چه جودو چشمه یمن — تیمن پیچه جان فدا

چه سه هرته برهمن — بمن پیته یاره دما

---

۱ رګو = ظاهر

وۄنۍ وچھ لال یمن　　　تمن کنہ چھنے نہ بہا
خندس موکل لال تمن　　　بمن ییتہ یارہ دما
کوڈ وتھ ییلہ کش ژٕنے بمن　　　پھتھر ییتیہ کیتو شیدا
مرتھ تب چھکنہ ہمن　　　بمن ییتہ یارہ ۱۰۰
وندسے ہو سر ژٕنے قدمن　　　دییتے کمو ناز و ادا
ژٕنے کن عالم چھہ تمن　　　بمن ییتہ یارہ دما
وولتھ دِل زُلف خمن　　　بہ یک مو شاہ گدا
چھہ نا ظلم شاد غمن　　　بمن ییتہ یارہ دما



بہار آو پوش پھولی پزیتہ وار　　　دِل گوم تارہ میلکھنا
ژٕ کونو آکھ دعوا سارہ　　　دِل گوم تارہ میلکھنا
مے کن کھو وتھ روحس پرد　　　نہ آہم سونتہ نے ہرسے
دِل تہند یوم اوش ھو تھم بے دارہ　　　دِل گوم تارہ میلکھنا
بے پرتن تیمے کھورتل　　　کود کر تھم سعہ نس ترن
دما وچھ ہتھ بہ درشن دارہ　　　دِل گوم تارہ میلکھنا
وولو عجب لوہ لاسے لال　　　کرۍ نا، ون تہ شکن سال
کمسو نا ژار کن برسوارہ　　　دِل گوم تارہ میلکھنا
ژٕ دیت تھم مس ژٕمے فانے　　　چھنے کر تھس بہ دیوانے

---

ا اصل = کوڈ وتھ

بہ کلہٕ دالو نگئے بختنٕ کارٕ — دِل گوم تارٕ میلکھنا

آ چھے پوشن ہا تل زاگے — پہیے متسول ہیرلا گے

وٕلتھ کائی تیاہ ژٔے زُلفچہِ تارٕ — دِل گوم تارٕ میلکھنا

ژٔے چھے منٛڑ بارٕ لاے ظالم — ژٔے مور نتہٕ ہیگوہ ناہ نا ظلم

پگاہ، دِل دِتھ تہٕ ژٔے پتھ لارٕ

دِل گوم تارٕ میلکھنا



عارٕ رستے یارٕ عشقنی لاگیتھم سٔن تی پیٚژیا

ژوٗرٕ زوٗگتھ دل نفس لوگتھ ژٔے رہزن تی پیٚژیا

گے دِلس زُلفے سیاہ مارس اندر دل بستگی

کاشراہ لاگیتھ نفسو وُتھ در قاہدِ ارمن تی پیٚژیا

کیاہ نفسو وُتھ ماہ روٗیش جمتھ ابرِ سیاہ

داوِرا وُتھ راگشٕ زوٗلہم وزِ روٗشن تی پیٚژیا

دوٗلہِ وُچھنن چانی کوٗ ہول لولہِ ہمتن عاشقن

شور گرتھ منظورِ نفسو وُتھ قولِ دُشمن تی پیٚژیا

دوہ ہیمن روٗ وُسے پُن اوشے ہمن اکھ شبِ تنہا

لوہ کراں ہاوتھ دُہے حقو ستو پرٕدین تی پیٚژیا

زوٗن زن روپوش نفسا وُتھ اوبرہ وُتھ کیاہ منن

ہوش دارا روٗشِ در آغوشِ عشوت نفسن تی پیٚژیا

چشمہ پُر خمار ستین خشم ہوٗ وُچھتھ عاشقن
ہرِ زِ زن رٹناوو کر پھکتھ غار تے ؤن تی پزٕ یا

دِہن اچھن لوٗگ اکھ دِلے بیمار دِہن چھ ژوٗد گرن
دوٗن شکیمن منہ ژُم آزاری کنِہ فن تی پزٕ یا

یارِ چھُم امارِ دردِل ہاونس تھوٗو چھُم نہ وار
غارِ چھُم پھی چھاونس کاون تھوٗو وُچھ کُن تی پزٕ یا

کیا وونے زُلفو تہٕ وُرِ و میون سیاہ و سفید
کاُ پتس حرفے پریشانس تھوٗو وُچھ کن تی پزٕ یا

روسے چھُ دِچھ تمبہ لو وُچھ نا عظمس شانہ عزیز
سمبہ لاگ وُچھ غارِ پھلا چھک ژووُچھ تی پزٕ یا



سوز عشقن روز افسانے    جانانے بوز میانی زار
فرزانن چھک ژٕ فرزانے    جانانے بوز میانی زار
سروِ قد چون خرامانے    سیم اندام نغمش رفتار
جسم گیسوہار پیچانے    جانانے بوز میانی زار

---

لہ منقول از "کشمیر" صفحہ ۴۳۸ صوفی غلام محی الدین۔ بعنوان
"Some noteable Kashmiri poets & their works" کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد دوم۔ عبدالاحد آزاد

فتنۂ چشمن ہند نوکر اسنے — یتھ لا نکہ مو دم آ زار
لولہ بیمار یہ چھ درمانے — جانانے بوز میانی زار
مارہ مشد میانہ پور سانے — پوز ماہ پچھے ماہ روخسار
دور وچھنک چھم ارمانے — جانانے بوز میانی زار
اتھ زلفن موکر شانے — متھ کھس سنے کا تیاہ مار
گنڈ ناشنہ ان کاشانے — جانانے بوز میانی زار
کامہ دو میانہ کا ہر اسنے — عشقہ نامہ پر پر طوکار
شاہ لگتھ پیتہ ماہ تابانے — جانانے بوز میانی زار
ہچہ ہچہ خیانہ بمبہ کمانے — تچہ شرۂ یسہ آہہ ہ کا ھ
دور لوبے ستم تیر رچھ کانے — جانانے بوز میانی زار
اسہ ونی چھی دند دو دانے — مسہ چھو رتھ قند قندہار
نیتھ لال چھی بدخشانے — جانانے بوز میانی زار
دام زلف خال چھے دانے — زالہ لگو جان جانا وار
عشقہ ممتہ نے شعلہ زوانے — جانانے بوز میانی زار
رخ شمہ ییہ شبستانے — مو کہ چون تیز عشقن نار
دود عاشق زنے پروانے — جانانے بوز میانی زار
آتشہ زوٹھے گریبانے — آتشہ بتہ مو مو کر مار
زنہ دنیوم آتشہ دامانے — جانانے بوز میانی زار
نستہ تنجبر غنچہ دہانے — خستہ گامتو دل انگار
چستہ پکہ نن مارہ متانے — جانانے بوز میانی زار
عشقہ سالاب انہ طوفانے — برگ کاہ زن وتھ کوہسار

گڑ آباد کڑ واڑا سنے — جانا نے بوز میائنی زار
بال ڈزایس ہالہ ہاڈا نے — ہالہ موّت گو سائس یار
جامہ زیبس نیب آستانے — جانا نے بوز میائنی زار
عشق واوے بادِ خزا سنے — بڑ یا ونُ گوم گل زار
بلبلس چھم نالہ افغانے — جانا نے بوز میائنی زار
یارہ وِنہ ہے غنچہ داستانے — ہارہ کوّرھس اوے نو عار
وارہ نظرا کرِنتہ مستانے — جانا نے بوز میائنی زار

قولِ ناظم بوز عاشقانے

لولہ پتہ سہنے ہاہ دیدار
موّل حُسنس چھُ عشقِنہ وانے
جانانے ہاو دیدار



عشق ژوّرن مُشونس آشے — ماشہ ماریھ ژوّل مے یار
اُچھ گاش دپہ میانہ شیہ آشے — ماشہ ماریھ ژوّل مے یار
رنہ آشہ نپے سو رمیہ ماناشے — ودِ ناوان چھُم مدن وار
سُنبہ نازاہ مُکہ پرُ خاشے — ماشہ ماریھ ژوّل مے یار
مارہ زُلفن کوّڈنم واشے — گو عالم سوّنبل زار
دِل بے تاسبہ لوّگ والہ واشے — ماشہ ماریھ ژوّل مے یار
پوُنچتہ کار دئے گومے راشے — موہ چتہ ہازن خوش رفتار

زنت سا مانہٕ کمہٕ قماشے — ماشہ مأرِتھ ژوٗل مے یار
شوخ چشمن دوٗ پمس آشے — بجود کوٗر تھم کسمٕ ونہٕ زار
دود تھاوِتھ چشم یاداشے — ماشہ مأرِتھ ژوٗل مے یار
شکلِ مجنوٗن لیوٗکھ نقاشے — باز لأ لیے اِیہ نا عار
بوزِنا ہأر طوطینہ باشے — ماشہ مأرِتھ ژوٗل مے یار
روزِ وصلس کوٗر نمہ حاشے — شب ہجرس کتہ رمہ تار
لٹہٕ اِیہ نا گتہٕ زنہٕ گاشے — ماشہ مأرِتھ ژوٗل مے یار
کینہٕ میون کیاہ گوٗوے آکاشے — سینہٕ کوٗر تھم یوت افگار
لولہٕ دام رچھ کرِتھم قاشے — ماشہ مأر ژوٗل مے یار
لأنی ژوروٕ قلاشے — کیاہ دارے کوٗرتھم داد
سن دِتھ نیوٗتھ دِل اوباشے — ماشہ مأرِتھ ژوٗل مے یار

شنہ ہجراحنہ ہیوٗت تھم تراشے
سروٕ قدس پیوم پرہیز گار
ہرموکہ نأ رحمتہ فاشے
ماشہ مأرِتھ ژوٗل مے یار



از یادِ عاشقانہٕ فراموش مساؔ روز
مس دِتھ مے نیوٗتھ ہوش ہٕ مدہوش مساؔ روز
کوٗ تھس بہٕ سروِ نازِ سر انداز پایہ مال
آوازِ قمریاں زِ توٗ خاموش مساؔ روز

ماہ رویہ باجمالہ ژٔٹے پچھے کالہ اوٗبرٕ جوے

اَمہٕ حالہٕ روشہٕ روشہٕ پرٕ آغوش مسأ روز

گُل رویہ شانہٕ کوٗرٕ تھ پریشان مُشک موے

تھوٗد تٕل رُخسں نقاب سیاہ پوش مسأ روز

شہمار زُلفو مارٕ متیو مارٕ کرٕتھ کیتھ

بایارٕ مارنوے بہ ہمدوش مسأ روز

تھوٗ گوش وارٕ یارٕ شبن گوشں وارٕ چھی

درشن دِتم پیتم وٗں ستم کوش مسأ روز

دِل چاک روٗد نأظمے بے چارٕ دردناک

مخموٗرٕ پرٕ خمارٕ وں مدہوش مسأ روز



حُسنے رجب چھُ خوش ترٕ　　دِل ہیتھ ژٕوٗلم مے دِلبرٕ

خُلقہٕ سُنند چھُ نوٗن یہ مظہر　　دِل ہیتھ ژٕوٗلم مے دِلبرٕ

قدٕ کیا چھُ قامتٕ دِل　　برپا قیامتٕ دِل

سرو پاسے غرق در زر　　دِل ہیتھ ژٕوٗلم مے دِلبرٕ

ییمبرٕ زُلِن چھُ آہ ہُو　　از رشکِ چشم آہو

سوٗ رِمِس چھُ خاک بر سر　　دِل ہیتھ ژٕوٗلم مے دِلبرٕ

ابروے اوکمانے　　خود قاتلِ جہانے

آں ترکِ فتنہ پرور　　دِل ہیتھ ژٕوٗلم مے دِلبرٕ

رمچہ تیمبر بالہ یارس | پیٹھ سپیر بہ دارس

حبشی بہ جنگ خیبر | دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر

بیٚیلہ خم دِواں چھُ کارے | کمہٕ دِل گژھان چھہ تارے

اٰشری نیو روٗدے ہاسے شر | دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر

اُمہٕ کھوتہٕ چھُس سراپا | سَینس فدا سراپا

چھُس چھپہ ماہ بیکر | دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر

بینی اگر تو خواہی | در چشم مہروٗ ماہی

وَسہٕ وُن چھُ نشہ خنجر | دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر

شوٗبان چھُ سرِ بستان | بر سینہٕ نارِ پستان

سیبہٕ زنخ چھہ بہتر | دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر

ہیہٕ کھوتہٕ تس چھےٚ تن صاف | ہر یاسمین دِوان لاف

گو موم سنگ مرمر | دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر

اُتھ پوشہٕ دستہٕ کرِئی ہیتو | تم خونہٕ میانہٕ بر رہیتو

کہ ہنوز کف ز خوں تر | دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر

سیمین بدن جوانا | اندر زمانہٕ رعنا

نوزُک قبا چھُ دربر | دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر

زُلفن کران چھُ واشے | لاگان چھُ والہٕ واشے

ٹکوہیو چھ زالہ اکشر

دل ہیچھ ژوٗلمُ مےٚ دلبر



آمد بہار بشگفت گل در چمن مبارک

بلبل بنالہ خوش گفت پھولی یوسمن مبارک

اے دلبرے سمن بر قد چھے شبن صنوبر

دند معوختہ لب چھ شکر لالے یمن مبارک

جودو، دُ چشم آہو ہرن رٹن چھ آہو

آہو ونن چھ یاہو چھے بادمن مبارک

آشفتہ زان دُ گیسو در دام عنبرین بو

دل بستہ کری یکمو زُلفے خمن مبارک

آئینہ روئے جہتاب ڈیشتھ گژھن چھ گل آب

حاران کرس بے تاب جلوک غمن مبارک

رچھ کاں چھ نیر خوں ریز بر قتل عاشقاں تیز

مہراب بمن چھ شب خاز عاشق نمن مبارک

رخ چھے مثال قاتل در نار خال فلفل

ٹھو وُتھ مے داغ بر دل موُتھ کمن مبارک

شادی وُچھت موافق زونتھ نہ نیر لایق

ہو رتھ ژ تے خون عاشق لوگتھ نمن مبارک

للّٰہ ژ لولہ نشمہ چھے چشمہ پرز خشمہ

عشوہ کراں کرشمہ آہو رمن مبارک

عاشق بہٕ چھانہٕ سوزٕ سے وُچھنے بہٕ پردٕ رٕنٕے
سوزُک ترانہٕ بوزٕ نے زیرو بمن مُبارک

ناعظم چھُ خوٗن ہارن کوٗر ماریجاگی اُمارَن
بر راہِ عشق پٔرارَن پھنا بمَن مُبارک



پرچھہٕ تُل ترٲو ملال    اُسو وُچھو چھُن جمال
دردکی بوزٕ خیال    اُسو وُچھو چھُن جمال

چھُن قدر نازِ شمشاد    بندٕ تتھہٕ سروِ آزاد
سوٗ نبلس مٔے چھُ نہال    اُسو وُچھو چھُن جمال

گیسوٗیے ابرِ سیاہ    عاشقن مُند چھُ مُداہ
روٗے ہاو ماہِ مثال    اُسو وُچھو چھُن جمال

ہمچہ کیبے تیرٕ پپھلٕے    کیا کرٕ کوٗت بہٕ ژٕلے
سینہٕ کوٗر تھم مٔے غربال    اُسو وُچھو چھُن جمال

کوٗرسہٕ چشمو بہٕ خراب    وُچھ مٔے زَن دورِ شراب
سورمہٕ نشے یہٕ مٔے تال    اُسو وُچھو چھُن جمال

یا مُژرٕ غنچہٕ دہن    ننہٕ اسہٕ بوزٕ سخن
دِل چھُ مُشتاقِ مقال    اُسو وُچھو چھُن جمال

گرٕایہٕ سیتو زُلف الَن    نیوٗتھ آرام دِلَن
رام گٔے اہلِ کمال    اُسو وُچھو چھُن جمال

مالہ موت ڈراو نیبر سیتہ ہیمہ عشقہ تبر
مارنس تس چھ خیال اسہ وچھو چون جمال

کاڑھ نہ کرتہ نظر شمہ تک چھے ٹریے سر
دل پروانہ مو زال اسہ وچھو چون جمال

روبرو کر بہ وچھن چشمہ کر باز بہ من
مورہ دمن ترلم چھ غزال اسہ وچھو چون جمال

ناظمیے خستہ بہ سوز عشقہ نیش ڈولنہ ہنوز
باوان ونہ چھے حال اسہ وچھو چون جمال



یارہ گل رخسارہ نیونم از نگاہے دین دل
ماہ خورشید آرہ نیونم از نگاہے دین دل

قدو چھت شمشاد گومت پا بہ گل بس منفعل
سرو خوش رفتارہ نیونم از نگاہے دین دل

ترک آہو گیر آہو عاشقن جودو آہو ان
چشم پر خمارہ نیونم از نگاہے دین دل

نرگسے شہلائے او مخمور از یک غمزہ ساخت
عشوہ گرہ دلدارہ نیونم از نگاہے دین دل

یوہ خستہ کارس موختہ مالے دند زن چھس قند پھلو
لال شکر بارہ نیونم از نگاہے دین دل

گوس بر اُمیدِ گُل چیٖنن بہ سیرِ باغِ حُسن
نرگسے بیمأری نیوٗ تمۍ از نِگاہے دِپِن دِل

چشمِ مستن قوسِ ابرو، بہر شو صد دِل گرفت
تُرکِ کمِ ندأری نیوٗ تمۍ از نِگاہے دِپِن دِل

گنجِ حُسنن تمبہ لأونس لُچہ تأونس نز ار زار
زُلفکی شہمأری نیوٗ تمۍ از نِگاہے دِپِن دِل

شب بہ بزمے بے رقیبم آں جہے تنہا رسید
تمۍ گلگے بے خأری نیوٗ تمۍ از نِگاہے دِپِن دِل

روزِ وُن در کوٗیِ او نا ظِلم وَنن بیدادِ داد
بوز ناسنہٕ زأرے نیوٗ تمۍ از نِگاہے دِپِن دِل



یأرِ بے عارن مدنوارن بدن ہے زولنم
شمع آسا لولہٕ نارن دِل وَدن ہے زولنم
یارِ پشرے ویرِ باغن وُنی دِوان چھیس پھیرنا
ویرزن سرتا بپا سروے قدن ہے زولنم
خالِ رو خسارن کوٗرُم دِل داغِ اسپند دانہٕ پتھ
عشقہٕ منقلہٕ موٗہ نارن مسندن ہے زولنم
چشمِ بے عارن تہندِ کرِ مارِ گاتیاہ نندرِ س
از نگاہے ناز، دِل، چشمکہٕ دَن ہے زولنم۔

دوٗرِ دوٗرن گراپہ ماران مست یم گڑ پوش نن

ہوشدارن روشہ دِل نیھتہ سرعدن ہے زولنم

ناشہ نا گوِ تھہ آشہ یارن واش گڑی نم کوکلن

والہ واشے جان لا گھتہ ناشدن ہے زولتم

دِل ڈیتم دِلدارِ ہے وڈی توس وہ نی کیا دایہ ہے

چھم تنے دارس دفہ دُر پر آردن ہے زولنم

دوٗر رُک زر چھم مےٗ بد ہنس ذرہنے کھتو ونم قرا

کس حکیمس باوِ عشقنو یاردن ہے زولنم

ہاوِ ناستہ قدِ بالا یار میونے مدِ آہ

ہی بدن آتشکدن حسنکو مدن ہے زولنم

باہزاران نالہ ناظم بلبلا ہیو درفغان

آتشیں رو ہتشد خویں گل خدان ہے زولنم



در عشق نحو دآں جانانہ افسانہ کرِ تھہ کوٹ گوم

غارت گر ئےسوے از جانؔ جانانہ کرِ تھہ کوٹ گوم

ڈیشتہ تو ہند قدِ شمشاد پابستہ گئے سروِ آزاد

ہم خانہ کرِتھہ دل شاد غم خانہ کرِتھہ کوٹ گوم

در زلف سُبتے چالاک وابستہ شد جانِ غمناک

از تار ہر مو صد چاک دِل شانہ کرِتھہ کوٹ گوم

خمار کیاہ چھس چشمن پیٹھ مارٕ کورٕنس خشمن
لیہ چھو نس مے کرٕ شمن مستانہٕ کرٕ تھ کوٗت گوم

خم کیاہ چھو و ابروٗ چمن، ییتھ آسہٕ شمشیرِ دمن[1]
خون تشنہٕ صد کشتہٕ چومن، اکہ آنہٕ کرٕتھ کوٗت گوم

مشتاق نس اہلِ نظر یس آسہٕ ییتھ کارٕ نظر زٕ
شمہس چھ شوٗبان سوزٕ پروانہٕ کرٕتھ کوٗت گوم

گیسوٗیے فسوٗن تاثیر، تاشام کورٕن تسخیر
بے تاب دِلن زنجیر دیوانہٕ کرٕتھ کوٗت گوم

تٔرکانہٕ سر خالِ ہندوٗ شوٗبان کیاہ چھس برٕوٗ
گل زار چھاوان دل جو ساکانہٕ کرٕتھ کوٗت گوم

لالے[2] لبے او خندان دردانہٕ چھی تس دندال
اسہ کٔن نہٕ وچھان پندان گریانہٕ کرٕتھ کوٗت گوم

عشقن کورٕ مس سودائی دِل دِتھ ہیتھ م رسوائی
مشہورٕ اوٗم آشنائی بیگانہٕ کرٕتھ کوٗت گوم

ناظم بہ غزل خوانی دِلدادٕ سپُن شبانی
صد بار مٔے دیوانی، میخانہٕ کرٕتھ کوٗت گوم

---

[1] دمن۔ یانے شمشیرٕ ہندی دم۔ یا دھار
[2] اُچھِل = لعلِ لب او خندان



ییتہٕ یٲژھکھ ہیوٚم اُسے مےٚ دیوانہٕ کٔرِتھ گوم
وَز دردٕ غمے عشقِ خودٕ افسانہٕ کٔرِتھ گوم

زُلفِینِ مشکین گنجِ حُسنس رٲچھو زِ شہمار
از پیچ و خمو تاب پریشانہٕ کٔرِتھ گوم

چشمان سو ردم خمار ہر دم عشوہٕ گری ساز
پیمانہٕ مئےٚ یک چھونس پیمانہٕ کٔرِتھ گوم

رخسار ہیوٚن نگارٕ نے ہتھوٚون سےٚ تمنا
ہم خانہٕ کمن سیتۍ چھُم غم خانہٕ کٔرِتھ گوم

چھُم نازٕ چے شمشیر مُنٛدٕ سے زخمِ دلِ افگار
غماز خمو غمار نے ترکانہٕ کٔرِتھ گوم

ییتہٕ ہیوٚ نمٕ رخ شاہ صفت تختہٕ ریوان چھُپ
پروانہٕ شمس کٲتسہ مُنٛد پروانہٕ کٔرِتھ گوم

سأمبھتہٕ سو مبرِتھ ما پہِ صبرٕک گرایہِ زُلفچہ نیوٚن
صد خانہٕ خرابات اکی آنہٕ کٔرِتھ گوم

شمشاد قدس قامتے داد سالہِ قیامتھ
پامالِ بلا سرو خرامانہٕ کٔرِتھ گوم

خوش آس دِلکش موے بتیوٚن بتیوٚن کوٚرنہٕ بیکارن
کاشانہٕ لوٚرِتھ عاشقن کیاہ شانہٕ کٔرِتھ گوم

اُمی یاْرس ماہ رخسارس اَصلا زار یکوزین نۍ
عشقہ ناہہ تاْرظلم زولنس برباْنہ کرْتھ گوم



عشقۍ چانۍ عاشقن دِل دود بے تاب اے صنمٔ
آسہ یُتھ برکھیا بے صبرو بے تاب اے صنمٔ

کعبہ حُسنک روے چونۍ خال چھے سنگے سیاہ
زُمہ رُمۍ نمۂ ہا چھے ہمہ میحراب اے صنمٔ

شۆب ووُن قد سرو خوش رفتار چوں کبکے دری
نالہ تۍ فرۆ یاد قمُری یادا حساب اے صنم

چشم جودو رشک، آہو ڈیشہ سۆے مستو خراب
ہرنہ گۍ مستانہ بنیہ بیمار و بے خاب اے صنم

خیل عاشق ماْیتس کتو چھی سیٹھا اسباب عشق
خنجرے بینی و ابرو تیغِ ضراب اے صنم

کارہ یُتو موہے ثراو، وُچھہن روے چون آشفتہ دِل
لۍٹہ اُکے گنٹہ منز نون نیر ماہ تاب اے صنمٔ

مُنز راْوتھ دِل، ژٹۍ ہاوتھ چشم رولو زُلف نیوتھ
خاب نرگس آب از گُل سنبلن تاب اے صنم

زُلف جیموآں دہن میمو، سو خن آب حیات
جام جم لب ریز عاشق تشنہ بے آب اے صنم

از لبِ تو چھیسہٕ ڈولمُت رٕسہٕ عاشق مسہٕ چھو
موٚہ چھتس ڈیشتھ گومُت غرقِ مےٚ ناب اے صنم

رٕژٕ چھلو وچھ ہموٚ ختیٚ چھلوٕ دٔنداں ذقن آسیبِ جان
عشقہٕ بیمارن چھُ قند و سیبِ عُناب اے صنم

وُچھ یوٚد از دیدٕ سےٚ ہاروٗت ماروٗتِ اسیر
روزِ در چاہے زنخ آزاد شاداب اے صنم

ماہ روے زاہ ہیو وُچھم نو آہ چھیم ابرِ سیاہ
اشکباران چھس بہاران گاہ دریاب[۱] اے صنم

زرٕ کوتاہ دوٚرٕ رٕک زٔر کرٕ کیشاہ بو برگ گاہ
آم طوفا بنے موٚ جبتھ عشقہٕ شہلاب اے صنم

رٕنہٕ آشوٚ ہپانہٕ پینہٕ بوز ہور سےٚ دٔریاسٔپُن
میانہٕ اچھ ہینٕز نا وٕنز بہہ وُچھتہٕ تالاب اے صنم

ناظم از دیوانگی نازد بہ شمعے روے یار
وصل ژھاران ہجر نیشہ از رب ارباب اے صنم



وٕندٕ مےٚ سینہٕ پٔنُن کینہٕ وَنُن تس مدٕ نش چھُم
مسہٕ چھیوٕ رٕنتہٕ، کوٚے رٕسہٕ اسان وَدٕ نس چھُم

رچھ وا، فتنہ کُشا، تیغ ستم چھس ابرو
تیر در دستِ کماندارٕ چھاں دِل سیدٕ نس چھُم

---

[۱] اصل: دریاب بمعنی دٔریاو

یاوِنینہِ گژاوِ کرس چھاوِ نتہٕ راوِ ہیہ تن
تاب دربوٗشنُلِ پرچین تہٕ مےٚ لولہٕ عذٕنس چھُم

ہارِ نیے تایہ ترٕ نیے آرِ کرٕ نیے بال سترٕ نیے چھس
ہاوِ روٗ چسار نتے موٗ بناہ للہٕ وُن بدٕنس چھُم

ناظمِ از یادِ لیہ آی ٹُٹ فرزانہٕ ، جگر خون
ہنہٕ کے رٕتہٕ لیکھتھ وار مےٚ نوخط لدنس چھُم [۱]



حضرت یلہ اندر وُچھام گُل رُوے پیسرِ باگہ رام
وعٕندہٕ ادمان نے مےٚ ڈرام گُل رُوے پیسرِ باگہ رام

واٹس کوٚڈ تمہٕ کوکلن تم والہٕ واشے گےٚ دلن
زالہٕ لوکٕن خاصُ عام گُل رُوے پیسرِ باگہ رام

سیم تن میٚیٔنہ نیم خاب چھس چشمہٕ زن مستے شراب
سوٗ رہیہ پدٕ یاد آم گُل رُوے پیسرِ باگہ رام

رُوہیہ کرٕ سعہ یکنہٕ وُالی شوٗبان تس کھالو مالہٕ نالی
ڈالی سوزٕ مُس آرام گُل رُوے پیسرِ باگہ رام

جیم زُلفش نوقطِ خال تس میم دہنس کٕتھ جال
قد و گیسوٗ الف و لام گُل رُوے پیسرِ باگہ رام

---

۱۔ وہوٗ نی چھینہٕ دُتان خط لدن ، یہ چھُہ متروٗک گومت ۔ آتہٕ نزس چھُہ مشرہٕ مشرہٕ اکہٕ غربانس ۔

تٔژ رووُن عشقہ نار  ژُھٹ رووُن زُلفہٕ مار
ژٔژ رووُن روم و شام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

بُمہ کمانہٕ خم دار  مار کورنس آسنہٕ عار
تیر مژگان دژہ آم  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

نازنین میون سروِ ناز  روزِ محشر تہ بوزِ یا میون نیاز
سوزِ نا توز سے پیام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

غنچہٕ غنچہٕ دہن ژُھٹ زُن  گُل خندِ دِل میون ژُھٹ زُن
دِلہٕ نو وُفس ناکام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

خال زُلفک کورنہٕ فن  سِیہ دانہٕ میون عاشقن
نام لاگِتھ در دام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

اَچھ کھدرہ چھس دہ زلی  چھُس آمِژ رنگ زن ازلی
خونِ عاشق آشام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

زُلف سیاہ چھس سُنبُل  گُل خوے گُل ستہ بوے گُل
گُل رو تے گُل اندام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

نا شش کورنم فرخن  یتینہٕ آش شفو تم پرزن
عنبرہٕ کتہٕ تل وین بیٚٹھ پام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

روز نو سرِ سہ دانہٕ تس  گار لیوم ژھار یوم خانہٕ تس
گاہ در چمن گاہ بہ بام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

زوُنہٕ ژھو رُم شاہِ نے  لو گتس پر زین پاہِ نے
شوہ ما کورنس شہرہٕ گام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

چھُس بہ عاشق روے تیٚے  آشفتہٕ دِل پریشان موے تیٚے
دوہ پژاران گو بے شام  گُل رُخے پیٚٹھ سے باگہٕ رام

خَتوٗزِ چھُے میون روزِنا سوزِ ناٲژلم بوزِنا
عاشقن میٖٹھ روزِ نام کُل روٗے پسرے باگہٕ رام



ہارٕ مٕتی باگہٕ ری رٕکوزِتھ دوٗرٕ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم
تارٕ للہٕ وٗن مٕنّے ھتوٗنم موٗرٕ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم

لالہٕ خدس سروِ قدس وٕنی بہٕ دِمس ساگہٕ ری تہٕ رحدس
داغ ھتوٗنم مدٕ واٲجی نشٕ دوٗرٕ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم

نازنین میون بانداہٕ نا رازِ دِلہٕ کی حال باوس
تن بہ ناوس کوٚنہٕ نگرٕ تہٕ کوٚشتوٗرٕ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم

چٕشمہ مٕس تس چشمے مَسٕ تیٖتھ وٕسہٕ رٕسٕے گوٚمے چیسن میٖٹھ
ہیو گیاہ خمار مٕتی مخموٗرٕ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم

ہٕرنہٕ چٕشمو مرِنہٕ وچھم ہٕرنہٕ آیہٕ آشہٕ نٕے دامن
پٕشہٕ ناوِتھ گوٚمہٕ رنجوٗرِ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم

کارٕ ہٕتی کیا موٗرٕ ژوٗوٗن عاشقن کیا رٕسٕے ہیوٗن
زوٗنہٕ ژھاریوم راز ژھٕنز مستوٗرٕ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم

یارٕ ہندٕے زُلفکہٕ خالے زُلفہٕ بو وچھنس زالے
ژھلہٕ آیس زن دُلہٕ زُمہٕ دوٗرٕ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم

بُمہٕ کمانہٕ کھوٗرن چلے تیٖر مژگان توٗرٕ مٕنّے دِلے
لولہٕ چھوکھ آم ژلکھ زن پوٗپوٗرٕ دِل دٕے ژوٗرِ نیوٗتھم

مُہ کان یِنہٕ باسلے دِتھُکھ   تتہٕ چھس نے زَن نالہٕ ژراوُن

زِ دِ کرِ کُہو تمَ بدیہٕ تَس نالوُرِ   دل دِ ئے ژۄرِ نیو تمَ

نا گی رایسَ ہیہ کریسے ڈال   بال رَٹنَ نالے مَتے

کرَ مے لون ہی مالہٕ کرِوُرِ   دِل دِ ئے ژۄرِ نیو تمَ

ہی ووہ بقرس بولولہٕ زیٹس   اتھ کھوہ ما ژرِ سیتھن نگس

ہمیٛہ کے ژکھو ونڈِ سئے موہ پیٚرِ ٹوُرِ   دِل دِ ئے ژۄرِ نیو تمَ

ژا رِی کرِ ہی مسَ ہا یارِ یِتمَ   یالہٕ درشُن ناہ وارِ دتمَ

آم نتے کوم ستم خورِ   دِل دِ ئے ژۄرِ نیو تمَ

داد کولہ پروانہٕ چھس چونے   کینٛہہ پرواے چھے نو میٛونے

یارِ شماہ چھُم دِلہٕ چے زورِ   دل دِ ئے ژۄرِ نیو تمَ

عائشہ منتو یا رِی کوُرُتمَ سٔنے   یِنہٕ ما ظلم سُہ گوَر ژھینے

آش اُچھن اوش ییہ سیوٗنُبوٗرِ   دِل دِ ئے ژۄرِ نیو تمَ



ڈۄرِ گرٔ ھوٚ مدنَن کرِ ئی تمَ شرِ ییے   آرِ گرٔ ناوِ کسَ رگرٔ ییے تنَ

وِیسو ییے بال چھس گرَ دراہ رِ ییے   آش چھم دیو کنہ آشہ ڈیشن

ماشہ گوم ما رتھ کرٔ تس گرٔ ییے   آرِ گرٔ ناوِ کسَ رگرٔ ییے تنَ

معہ کھہ یارِی کرٔ تمَ وِ ٹھ ما ژرژ ییے   نِشہٕ مے دوٗر یوم زٔی ٹھ تمَ ونَ

دوہ کھہ چھم للہٕ وُن کرٔ بنسَ مُرژ ییے   آرِ گرٔ ناوِ کسَ رگرٔ ییے تنَ

کادو گراوِ میانہٕ یارس نہٕ ژ ییے   تسَ کمہ سوہ نہٕ دو ئبری مے کنَ

اِیَہ کَر وَنتَم خیراہ رَژییے　　آر کُڑ ناوکس کَڑییے تَن

شاڈی چھم کم تے داڈی چھم یَڑییے　　تَس کمی کَری نم حباڈی ین

ضایہ ہے کرنس کیاہ مایہ ہَڑییے　　آر کُڑ ناوکس کَڑییے تَن

ہار نے تاپے تال چھم تَڑییے

رونا نا ظلم چھپنہ الوُن

اِیَہ نے کالی اَڈ سَیدہم بیٹڑییے

آر کُڑ ناوکس کَڑییے تَن



وسیو ہے دل نیوم اُمی ماہ ڈُشو ہے　　چھم نے روزان اُشو ہے ژھین

سورے چشمن سورمے نُشو ہے　　چھم نے روزان اُشو ہے ژھین

دمہ اکہ اِیَہ نا چھم سعی خوشو ہے　　عمرلو ڈنڈ ہے دوسن یادن

مے تیز تس لازن گرے پلہ مشو ہے　　چھم نے روزان اُشو ہے ژھین

تولہ ژمو ناجی نس لولہ اُنشو ہے　　سوری مئے سپزم روپہ پشتن تن

سے منشو را اُونم اُمی مے گشو ہے　　چھم نے روزان اُشو ہے ژھین

عشق آستانس گنڈمس ڈُشو ہے　　اِیَہ نا یار میون ہی چھاون

آم نے میلان تس گو مُشو مُشو ہے　　چھم نے روزان اُشو ہے ژھین

وچھم پرندے بَنیہ تبرنشو ہے　　چھندریا ہتو اُسویار ژھادن

عاشق چھو راوی عشقو نُشو ہے　　چھم نے روزان اُشو ہے ژھین

بُمہ کما نیے گڈمو نم گشو ہے　　رمجہ تیر کرنم پار ہن ہن

مے خار پچھتن مستی گشو ییے — چھم نے روزان اشو ییے ژھین
اندری گنگ ڈ تم توئی ندرس لشو ییے — دل سوختہ نا ظلم چھیس ریون

ایوان چھم نہ تہ چھم بے ہشو ییے
چھم نے روزان اشو ییے ژھین



عائشہ موت یاون ژول مے ژورے — ونہ ہس نشہ ما شورے پان
کریشان دلہ سے غم ما کورے — ونہ ہس نشہ ما شورے پان
پشنگ پا اراوس ژنگہ مندورے — آیت ہقو سے زوستے جان
ہیہ تن ناوس کو نگہ کوستورے — ونہ ہس نشہ ما شورے پان
غمزہ کہ نازنہ رمز چہ مورے — عشوہ گر دلبر چھم ماران
لولہ نار ہقوو تم للہ اون مہرے — ونہ ہس نشہ ما شورے پان
شماہ صورت دلہ چے زورے — سینہ کیس فونوئی نس شوبان
پوشیرو گنجہ مے کرہ مس ہورے — ونہ ہس نشہ ما شورے پان
ہیکہ اون ستارہ ڈیکہ کس پورے — ژونہ ڈیہ آفتاب چھس پھیران
دیہ نا درشن پیتہ نامورے — ونہ ہس نشہ ما شورے پان
درد کہ نا ستو ہیش تم خورے — پردیسان تس کیثت دل پریان
سالن گنہ ہر چھم موستورے — ونہ ہس نشہ ما شورے پان
مے پچھے آواز نے تالورے — سپے بوز عاشقو ہے عرفان
سپے ستو ویو رکھ ما چھ ژنبورے — ونہ ہس نشہ ما شورے پان

سروِ قد وُچھ ہن باغ منز دوُرے — کیاہ چھُنہٕ ایوان شاہِ خوبان

ماہِ نو ابروُ، وُچھ ہن دوُرے — وَنہٕ ہس نشہٕ ماشورے پان

جاناںہٕ وُچھ ہن سامانہٕ پوُرے — داماںہٕ رٹہٕ ہس کرٕ ما مان

ریٹھہ چھُم عشقکہ نارہٕ زوُرے — وَنہٕ ہس نشہٕ ماشورے پان

مسہ رچھو چھس نیو حُسنِ مخموُرے — بادام چشمن کیا چھس آن

رم کوُر ہرکوُ وَن اندورے — وَنہٕ ہس نشہٕ ماشورے پان

موختک جالہٕ چھس پوتھیوُرے — پوختہٕ کار کتہٕ سینہٕ چھیم آسان

سوختگی سیتین ارمان میوُرے — وَنہٕ ہس نشہٕ ماشورے پان

شوقنہٕ کرٕ تیغ ذوقہٕ اوشیوُرے — تن دار رہ نزس ما نتھ آن

وَندسے ہمطلکے رتھ رسہٕ پوُرے — وَنہٕ ہس نشہٕ ماشورے پان

امرس وُنی تہٕ آش چھکنہٕ پوُرے — خوشباش کرٕ چھیم ماشہ ماران

قولہٕ ساری ڈیتنم لولہٕ مس ٹوُرے — وَنہٕ ہس نشہٕ ماشورے پان

ناظمہٕ عاشقن ہیندِ کوستوُرے — نالہٕ نڑاو حالہٕ اکہ سید پس فان

یس راو آدن سے اکھ موُرے
وَنہٕ ہس نشہٕ ماشورے پان



دِل ژٕ ڈٕر نیوُ نم لاجنس داوس — ہاے تس کمیٕ بربرے مے کن

سہ وُڈٕر دوُدم زا جم نم ماوس — ہاے تس کمیٕ بربرے مے کن

ہدٕن وارسی بدن ناوس — یوُد چھاوِ میانی ہیہ تن

اِیَہ نا مَنِہ مَنہ جاے موکہ لاوس  ہاے تس کمٔ بڑی مے کن
ہاوس ناکس کیا پیوم ہاوس  وُچھان سوریوم دہین
سُہ نے اِیَم تِہ بِہ تِہ ماراوس  ہاے تس کمٔ بڑی مے کن
رنگِہ مندورے پڑنگ یاراوس  کبِنہِہ نوننگس اِیَہ تن
سُہ نے اِیَہ عبتہ ہی کتہ چھاوس  ہاے تس کمٔ بڑی مے کن
دِلکُ دود مٹے ونیوم کاوس  گرُدھبتہ سُہ یارس ون
کاوس تِہ پَیتہ تی ڈوتی گے ڈاوس  ہاے تس کمٔ بڑی مے کن
مُشی راُدہتہ گوم ژہتِس پاوس  پَتَہ بیبلہ زٹس دامن
بیداد کوژنم تی یاد پاوس  ہاے تس کمٔ بڑی مے کن

ناظم پَیتہ تی احوال باوس
دادین لوبم نو ژہین
کل مٹے گے کلِہ پادن ژاوس
ہاے تس کمٔ بڑی مے کن



ماڑی منڈ نیندرے گڑھو بیدارو  پیتمو یارو ونڈہ ہے جان
پادن کرہ ہے سہ نثارو  پیتمو یارو ونڈہ ہے جان
لولہ چپانہ ہول گوم گیاہ منڈارو  سوہ نڈرہ بیے دادہ چپانہ گوملمو پان
نیندرے زول چھمپہ چپانہ اُمارو  پیتہ مو یارو ونڈہ ہے جان
رووم ژیے پتھ مٹے لوکہ چارو  ہیکہ نو دکورنہ چھکھپہ ایان

| | |
|---|---|
| چھوکہ لدمو کچھ چاپاٹ چھس لاچارو | پیتمو یارو ونڈہے حیان |
| عشقہ تیر لائے تھم ہا کمان دارو | جگر سس تڑی مومھنی کان |
| کینہ ہتہ کوڑ تھم سینہ افگارو | پیتمو یارو ونڈہے حبان |
| بادام چشمو کرئسہ بیمارو | رلوان سگے مو ڑہی تے آسان |
| بلہ ہا پکھنا بٹیہ دوبارو | پیتمو یارو ونڈہے حبان |
| دوڑ دوڑ ہود تھم نوڑ روخسارو | تنہ چھس موڑ ہیچہ نار للہ ڑان |
| ہاڑلو ڑوّلہم ڑوڑ کوّت لارو | پیتمو یارو ونڈہے حیان |
| گوشوار زارن گوشس تھووارو | ہوش نوکلہ چاپاٹ چھم روزان |
| روشہ روشہ ڑدو تھم خوش رفتارو | پیتمو یارو ونڈہے حبان |
| گل پھولی باغن بٹیہ لالہ زارو | مے چھنو دلہ کے داغ نیران |
| ڑتہ نے ایہ ہم بہ تہ پان مارو | پیتمو یارو ونڈہے حبان |
| ناظم داد چاپاٹ گومت مارو | مشوریتہ تس سیتی یاری زان |

دود چھم چونے ڑسے دم دارو

پیتمو یارو ونڈہے حبان



| | |
|---|---|
| عائشہ منتوہے مشونس پھنڈ | سیٹنڈ وا نیسے ناو تن |
| قنڈ بادامہ برسے پھنڈ | سیٹنڈ وا نیسے ناو تن |
| ماہ وش یاری کوڑ تم خنڈ | پیشہ کوتاہ چھس ریون |
| گشتہ نار سے زولفم دونڈ | سیٹنڈ وا نیسے ناو تن |

حُسنہٕ شہرس چھم باشندٕ | عشقہٕ بازارٕ معلہ وَن
آشہٕ میانے تمہٕ ناشندٕ | سیٖنٛدٕ وانے ناوِ تن
خالِ ہندُ آمت ہیندٕ | چھاوِ گُلشن ناگرِ تن
زالہٕ نارس پان اسپندٕ | سیٖنٛدٕ وانے ناوِ تن
عشقہٕ ڈری یاوٕ دٕرایس اندٕ | آسہٕ نا یار بو وُچھہٕ ہَن
ناوِ پانٛرس ہیٖمہٕ پانٛرندٕ | سیٖنٛدٕ وانے ناوِ تن
سروِ قدتس خرامندٕ | سورِ سامانہٕ سیم تن
قدٕ آزادس یہ دل بندٕ | سیٖنٛدٕ وانے ناوِ تن
خالِ نازمس چھُ دانندٕ | عشقہٕ سوزس تھاوِ کَن
ہیٖمہٕ پانٛس ترتس وندٕ | سیٖنٛدٕ وانے ناوِ تن



جگر پارٕ کورتھم پارٕ | جگر پارٕ پیتا مو
پکھ نے نُون جگر ہارٕ | جگر پارٕ پیتا مو
سروِ قدٕ خوش رفتارٕ | بر پا کرتھ فیا مُتھ
بلا چھ یہ بالا کارٕ | جگر پارٕ پیتا مو
ماہ رخ ہاو خوشدیدارٕ | مو تھاو کالہٕ اوّبر چ زھاے
عشقہٕ مُتہ چھہ ڈری متے نارٕ | جگر پارٕ پیتا مو
نوٗر ڈیکہ چھُے ماہ پارٕ | زندٕن لموٗ لُتھ مہٕ تھوٗن
چھُم رتھ بانہٕ کیا سندارٕ | جگر پارٕ پیتا مو

جودوٚ چشمہ خوشن نظارٕ　　ہرٕ ہنہٕ ژھالہ کوٚر تھٕرم [2]
[3] بے تاب دِل یہٕ کوٚت لارٕ　　جِگر پارٕ پیتامو

کنن شوٗبہٕ نے گوش وارٕ　　بالی جُمکہٕ والی چھی
مژگان زُلفہٕ نیشہٕ ماوارٕ　　جِگر پارٕ پیتامو

دہان غنچہٕ شکر پارٕ　　شکر خند ژالیم شُر
طوطینہٕ باشہٕ کرکھتہٕ تارٕ　　جِگر پارٕ پیتامو

دعنہٕ لوٚوٹھ چھی گُخارٕ　　ازلی لعل بدخشان
[4] سبزلی زنگہٕ گُل آنارٕ　　جِگر پارٕ پیتامو

[5] حُسنن عشقنے بازارٕ　　ژھاریان لدٕرٕ ہِنٛس مول
قیمت ڈراس دِل خونخارٕ　　جِگر پارٕ پیتامو

نیمیس سینہٕ پستان نارٕ　　سروس بارٕ جِگر دان
[6] لیٚن تحتہل انہارٕ　　جِگر پارٕ پیتامو

[7] میاشنے خوٗنہٕ ستمگارٕ　　کوٚر وحتہٕ ماثرٕ گلین رنگ
ڈیت ہتھم پنجہٕ زوراوارٕ　　جِگر پارٕ پیتامو

---

1. دوٚیمس نوہ سخس منز: باتھٕ ہمہٕ گامس منز چھہ ونان بانہٕ
2. دوٚیمس نوہ سخس منز: ہرٕ نہٕ ژالی یہٕ کرٕ تھٕرم [3] دوٚیمس نوہ سخس منز بے مار دل [4] دوٚیمس نوہ سخس منز: سبزلی سعہ کھ [5] دوٚیمس نوہ سخس منز حُسنس عشقنیے بازارٕ　　ژھانچام لدٕرٕ ہِنٛس مول
6. دوٚیمس نوہ سخس منز: سمن سینہٕ بُستان نارٕ سرو بارٕ جِگر دان
7. ستُن تحتہا الانہارٕ ــــ مگر اصلی گرتھ آسُن لیٚن بمعنی دود
8. دوٚیمس نوہ سخس منز: سانے خوٗنہٕ ستمگارٕ (یا) ساقیٔ خوٗنہٕ ستمگارٕ

کرموے زٲوُل تارٕ    اَوٕل تیتھہٕ زٕ کھوٲنٕ ژھُس

ہوٗل ماگرِ ژھ زُلفکہ بارٕ    جِگر پارٕ پیتاٗ مو

سنگین کھراو ژندن دارٕ    زنگین ماٗ ٹرٕ پدین تل

گنڈس[۱] روہ نہ ہٹہ چھےٕ تارٕ    جگر پارٕ پیتاٗ مو

نافکہ مُشکینی انبارٕ    نافس چیٖنٕ شکن ہیوٕ

خطٕ[۲] پانہٕ خط وارٕ    جگر پارٕ پیتاٗ مو

ڈیکس ٹِکہٕ جگنو دارٕ    مولیس موہ خَتہٕ چھی ٹاکاٗ ژٕ

گلِ آفتابہ سوٗ ژنبُل زارٕ    جگر پارٕ پیتاٗ مو

کوٗرٕ تہٕ سوٕ مہ ژنےٕ اظہارٕ    کَنیَم ژھوٚپہٕ مٕتے ڈیشِتھ

ہرِ اَوٗش تہٕ مرے وارٕ    جگر پارٕ پیتاٗ مو

کمان بُمہٕ چھےٕ سردارٕ    لوے بتھ تیرِ اچھ رال

یمن سینہٕ سپر دارٕ    جگر پارٕ پیتاٗ مو

روہ پشِہٕ چھ گرٕچھ طلاکارٕ    نوزُک مرٕژھ مرٕچھیے شٕد

شلہٕ ہی کیشاہ چھ جوہر دارٕ    جگر پارٕ پیتاٗ مو

کریشن چھس تہٕ گنزرن وارٕ    ماہ رُخ چون ڈیشہٕ نا

ژٕلیم شرشے وُچھ مہتہٕ وارٕ    جگر پارٕ پیتاٗ مو

حُسنن[۳] چاٗنی کوٚر اظہارٕ    ناظم شیفتہٕ بوزٕ تہٕ گو

دُیتم دِل تہٕ ووہ نی کیاہ دارٕ    جگر پارٕ پیتاٗ مو

---

[۱] دوٗیمِس نوٗسخس منز: پائرس روہ نہ ہٹہ چھے تارٕ۔ نہ دوٗیمِس نوٗسخس منز: خطا چھمتہٕ مرتی دارٕ (یہ چھُ غلط) [باقے بزوٗ ہکن]



راحتِ جان نِگارِ مَن، رَحم نُما بمَن وولو
وولہٕ ہیے کرِ سے چمَن، رَحم نُما بمَن وولو

دِل ہرِ سروِ نازٕ بوز گُل ہرِ گئے نیاز بوز
سروِ قدَس چھُ دِل بتمَن، رحم نُما بمَن وولو

مُشکِ خطا چھُ زُلفِ مار، مارِ ہو اُمو بے خطا ہزاَ
زالہٕ وٕلی جاَنٕ گیسو خمن، رحم نُما بمَن وولو

بُمہٕ کمانٕ کش ہیہ کرِ، عشقہٕ مثین ژٕ کھش ہیہ کرِ
رمجہ تیر آپہ کمَن کمَن رحم نُما بمَن وولو

بالہٕ شبن چھ باَلو یے چھکہٕ کنَن کنہٕ واَلی یے
واَلی وانکَن چھُ دِل بتمَن رحم نُما بمَن وولو

جامِ شراب، چشمِ مَس قبلہٕ نُما چھُ دس بدس
زونہٕ نیٚشہٕ رچھے بادہٕمَن، رحم نُما بمن وولو

نشتہٕ خنجر چھُ اٰبرو، جانان ماہ رُوخس چھُ درمیان
ست پیٚیہ زخم ہیچھ چھُمن، رحم نُما بمن وولو

---

(پُترمیہ صفکی فُٹ نوٹ:) ثہ دوٚیمس نوسخس منز: خطا چھُمیٚہ سرِ تسے دارٕ (اُتھ سیتھ چھُنہٕ یہ رَلان) ثہ یہ چھُس میون تجویز یا اِصلاح۔
لہ دوٚیمس نوسخس منز سہ گومُت خستہ دِل آدارٕ ناظمِ عاشقیے یکتا

مأگِہ مَتہٕ ناوِساأگِہ نیر ہِتہٕ چھہ تابہٕ زوٗہٕ پھیر
سون رٔچھہ لاگ مأنزِ بے نَمَن، رحم نما بمن وولو

جلوٕ بیے نازِ آن پرٔی تیر چوٕ زخم نشتری
خلوتس نأظم انجمن، رحم نما بمن وولو



سوز عشقُن بوز وَنے روز دَما دِل برو
مُشک موی ورشکہٕ چھوکھم عُشقہٕ سما دِل برو
ماہ رویو آہ کڈِنا چأنی عشقُن کوٗر میٚ داہ
زانہٕ کیٚو کیٚاہ راہ لوٗدکھم گوس شیدا دِل برو
چون قامت یا قیامت عاشقن یا سروِ ناز
یا صنوبر یا بلا یا قدِ بالا دِل برو
زُلف چھی مُشکے ختن نے نے خطا آشوبِ چین
حیلہٕ عُشقنہٕ وٲلی تمو آشفتہٕ دِل ہا دِل برو
ماہِ تابان یا چھُہ خورشید سے درخشان یا پری
روے تو در باغِ جنت وردِ حمرا دِل برو
خال ڈیشِتھ لالہٕ گو ہیٚتھ داغ بر دل غرقِ خون
زنگی اندر باغِ عاشق در تمنا دِل برو
در کمند سے زُلف کأتیاہ ییٚتہٕ گأمتی خستہٕ دِل
تشتہٕ خنجرِ سیٚتہٕ ماران مستہٕ یکھنا دِل برو

چھس تِتے نِش اُدنا آما قوسِ بانِ قوسین جان کُنم

چانہٕ ابرو نِش ہلالِ عید پیدا دل برو

شیر افگن غمزٕ زن چھے چشمِ آہو مستِ ناز

فرضِ عاشِ وُچھُن تمن پیٹھ یم چھ بیناد دل برو

طُرفہ خالے گوشہ یے چشمے تُو قتلے عام کرد

خونِ مور دُم گوشہِ گیرن چھے نیرواد دل برو

شکر پے لبِ خوش سوخن پیٹھ مے چھے حبہ چھے دہن

نالہ کش مُشتاق بُلبُل غنچہ بچہ کرواد دل برو

اے صنم از بارِ عشقت شد قدے تا ظہر دُتا

عاشقے یکتا وُنن چھے حُسن یکتا دل برو



یِتھا بہٕ وَنے حال وو لو بال مرائیو
از چھے منے مرگُن سال وو لو بال مرائیو

در باغ چھ شمشاد لبے جوی شہی سرو
از آلی فہ قدرت دال وو لو بال مرائیو

بُلبُل چھ دِواں نالہ زِ شوقے سنگے رویت
بر گُل چھ کران حال وو لو بال مرائیو

دیوانہ چھ پروانہ وُچھتھ چون شمع روے
زالان چھ پر و بال وو لو بال مرائیو

بے تاب لجس نالہ وُچھس زُلفِ خمن چاگُن
شہماری وو لتم نال وو لو بال مرائیو

ماہ رُوے سپن لالہ جگر خون روژن داغ
وُچھو تھے ژٹے سیاہ خال وو لو بال مرائیو

جاں می دہم از لعلِ لبت یار کُتھا گر
لِلہ الا تو میرے نال وو لو بال مرائیو

---

لے ۱ اِلّا = لِلّٰہ

زونُم ہِیٛو ژٕنِہہ دود پیٚٹھ نارٕ ژٕزِم وَس — وَنہٕ ہا تہٕ دزِہِم تال وۄلو بال مرٲیو

مجلوٗنہٕ اوسُم لانہٕ لوب کرِ تہٕ دراییس لال — رٕوٗ ٹھُہِم ژٕنمے نجد کٕس بابا وۄلو بال مرٲیو

لاگیہس زُلیخا پانہٕ ژھارِتھ درچھ پیٚیے کنعان — اسے یوسفنے جمال وۄلو بال مرٲیو

فرہادٕ شیرینہٕ جان برلبِ آم زٕ ہجرت — مٔنے مول رُودُم حال، وۄلو بال مرٲیو

یس سوزِ عشقُک نارِ دلس سۄ دزِتھ گو — ییمی دراو عشقُک فال، وۄلو بال مرٲیو

دراے تشنے حمام آتش عشقہٕ تٔبک چھُم — یُس یارِ چھیٚنے ژال وۄلو بال مرٲیو

در کوبے تو اسے دوس پیوٚمت ناگہٕ مسکینؔ
پرژھ کس نہٕ زاہ احوال وۄلو بال مرٲیو



جانانہٕ وۄلو جان وندے جانہٕ پیتائی مو
پان نارِ عشقُنہٕ زالہٕ چھُس پروانہٕ پیتائی مو

چھُم دال کوٗرمت الفہٕ قدس قاف فراقن
یادن بہ پیچھے سروِ خدامانہٕ پیتائی مو

در سینہٕ عشقُک نار چھُم در سینہٕ تپان دِل
[1] ازٕ چار ده ناسی نہٕ دراو ارمانہٕ پیتائی مو

کہھ زانہٕ کیٚتیٚن مارِ ظالم زُلفِ سیاہ مار
زنجیرِ ستم بادِلے دیوانہٕ پیتائی مو

---

[1] زۄہ داہ وہرِ پیٚٹھ ژٕہ میٚن تان۔

در عیب چانے پُژھ مرا عید بعید است
حَد وَعدِ فراموش وعیدانہِ پیتا مو

ماہ روے چونے شبہ اکے خاب مینے ڈیشام
اکہ گژاپہ زُلفچہ گوشہ پریشانہ پیتا مو

دیوانہ عاشق دڑا و ناظم چاک گریباں
ہیون دست امیدیار چون دامانہ پیتا مو



پیتمو ہا جانانہ فدا جان کرائیو مہ نو
پانہ پیتہ حال وچھکہ بال مرائیو مہ نو

راج کرملک دِلس نقد نہ آرام خراج
بندہ مو محتاج بچہ ہے باج برائیو مہ نو

خوب روین نہ وہ فا ماریسینو اہل صفا
قصہ ہیے یوسفو یعقوب پرائیو مہ نو

سونتہ ہی اشہ چھم شرا و نس لولہ پھٹہ جم
ہردے آہم نہ پھن ین بہ ہرائیو مہ نو

پینتھ بہہ سانہ پیتم ژھہ بچہ دیدار دِتم
رنج دور پر چھ ستم کوت زرائیو مہ نو

سنگ غم شیشہ دِلس لوے تھم اے مو کر
ناہ پری روے نہ پیتہ خوے سرائیو مہ نو

عشقہ ڈری یاوِ صبا روِیہ لجس آوٕ لعیے
زُلفہٕ نے شامہ کمیو تارٕ ترایو ہندٕ نو

شاہدا! چون گدا ناظم صد پارٕ جگر
اَکھ صدا بوز فدا جان کرٲیو ہندٕ نو



دِل ہا ژٕ مے نیو ختم حیاہٕ کہو، ژالہٕ ہا ژٕ لو
پرہا ژٕ منشہ ہتھس بو لسے کمہ حالہٕ ہا ژٕ لو

خوبان چھیہ لوبان گژھٕ گرٕ نیر کھ نا
قد چون وُچھتھ سرو کران[1] ڈالہٕ ہا ژٕ لو

زُلفن ژٕ مے کورتھ شانہٕ پریشانہٕ کرٕتھ دِل
پریشانہٕ ہیو تتھ یار وٕلتھ زالہٕ ہا ژٕ لو

ژٕ یہ کتہ مے کرییہ لوشہ چمن وُشہ قدم ژاو
آغوشہ رٕ ٹھتھ زونہٕ، وُچھتھ ہالہٕ ہا ژٕ لو

مہوشہ کوتاہ پشہ مے نومشہ ستم چون
کشہ نارٕ زاجہ ہتھس ہا ربہ اوش ژالہٕ ہا ژٕ لو

تاریکھ ہجرچ راتھ گیم سیتھ ستارن
دور یوم وصلک دوہ مے عشقنہ فالہٕ ہا ژٕ لو

---

[1] وومنی چھ وناں ڈالہٕ دِنہ یا یِنہ۔

